# سٔتی سَر
# مُلاقاتھ نمبر


ایڈیٹر

مکھن لال کنول۔ جواہر لال سرُور



کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتِشٹھان (سمپرتی) جموں۔

# ئنتی سر

# مُلاقاتھ نمبر

ایڈیٹر

مکھن لال کنول — جواہر لال سرُور

کشمیری بھاشا وسنسکرتی پرتشٹھان (سمپرتی) جموں۔

# ترتیب

ب

| | |
|---|---|
| ناو | سنٛتی سر |
| وُری | ۲۰۰۲ |
| شُمارٕ | ۵ |
| ایڈیٹر | مکھن لال کنول ۔ جواہر لال سرور |
| چھاپ خانہٕ | جے کے آفسیٹ پریس دِلی |
| خوشنویس | موتی لال مصروف |
| ناشر | سمپرتی رجسٹرڈ |
| مول | Rs. 200/= زٕ ہتھ روپیہ |
| سرورق | سیر کھوت پیسری |
| کِتاب میلنُک پتہٕ | (۱) کشمیری پنڈت سبھا امپھلا جموں |
| | (۲) ۵ اپنا وِہار جموں ۱۰ |
| | (۳) کِتاب گھر کنال روڈ جموں |

قلمکارن ہٕنٛز رایہِ سٟتۍ اِدارُک
مُتفِق آسُن چھُنہٕ ضروری

# پیش لفظ

پٔتیمؠ ترٛؠ وُری وٲتِ سمپرٛتی کاشُرِ سانہ پہلہ پایہ کیٛن اَدیبن سٟتؠ مُلاقات پروگرام
مُنعقد کرٲوۍ۔ یِمَن پروگرامَن منٛز چھُ گرٲوی یِمَن تہٕ وطن سیٖدؠ یِمَن نامور شخصن
مُتعلق لیکھ پرنہٕ یوان یِمَن زندگی کارکردگی، ادبی تہٕ ثقافتی دِیس مُتعلق چھُ زان کراونہٕ یوان
بوزن وٲلِس چھُ پتہٕ یِمن شخصو کھ سوال کٔرِتھ یِمَن زان حاصل کران۔ دٔپسام یِمَن اَدیبن سٟتؠ
یِہِ مُلاقات پروگرام مُنعقد سپدؠ تِم چھِ ویدیرتہٕ یِتہٕ نامور یتہٕ۔

یِمَن پروگرامَن ہٕنٛز کاروٲیی آیہ قلمبند کرنہٕ تہٕ تِمی سٟتؠ بنیو یہ خصوصی شُمارس آیہ شکل
دنہٕ۔ یِمَن سرکردہ شخصیتَن سٟتؠ اَسہِ اَرتام مُلاقات پروگرام کوٚر تِم چھِ شری ارجن دیو مجبور، شری
ہری کرشن کول، شری پُشکر بھان، شری کاشی ناتھ باغوان تہٕ مکھن لال تِکو۔

سمپرٛتی کھوت آینده تہٕ یِتھی پروگرام جٲری تاکہ سانین زِٹھین اَدیبن تہٕ کلاکارن ہنٛد دیت
پیہہ تہٕ گال کھاتس ترٛاونہٕ تہٕ مشراونہٕ۔ اَسہِ چھُ احساس زِ ساتہٕ موکھ کرنہٕ کانٛہہ سرکٲرؠ ادارہ یِتھی
پروگرام ہنٛد چھُ سانیٚن زِمہ وٲری تہٕ سی کرو یِتھین نامورتہٕ زِٹھین اَدیبن تلم کارتا تہٕ کلاکارن
ہنٛز افشاگی ہنٛد دیت مدِ نظر تھٲوِتھ حوصلہ بڑاون تہٕ پانہٕ ماجہ زیوِ تہٕ پنہِنس کلچرس رٲچھ کٔرِتھ
برترر کرُن تہٕ چھُ سانیٚن ذِمہ وٲری۔

سمپرٛتی ہِس یہٕ خصوصی شُمارٕ چھُ تواریخی اہمیت تھوان۔ یہٕ چھُس پروفیسر رتن لال شانت، رتن
لال جوہر، شری مکھن لال کنول تہٕ جواہر لال سرور صاحبن شُکرگزار یمو یہٕ شُمارٕ تیار کرنس منٛز ذٲتی دلچسپی نی۔

اُمید چھےٚ سانی سرپرست کرن یہٕ خصوصی شُمارٕ ملہِ ہتھ بیٚرتھ پرنہٕ تہٕ زٕ تھاوَن کوشش۔

موتی لال کیمو

گنجیس منز دفن گرتھ چھ۔

کُنہِ تہ قومچ پیرزنتھ برقرار تھاوَن وٲلۍ تہ زبان ہیٚچھ ناوَن وٲلۍ چھِ تمہِ قومکۍ انٹلیکچول یانے لِکھٲری، گونماتھ، قلمکار، فن کار طنز و مزاح نِگار، موسیقار، ڈراما نِگار تہ تنقید نِگار بیترِ آسان۔ یہ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ کوٚر سمپرتی مُلاقاتھ نمبرِ چھاپ کرنک فٲصلہ تہ کیازِ وَنتہ وہاۓ سَیدی پیٚتھ اُدیبن تہ شاعرَن ژھ چھلہِ چھانگرِ گژھتھ طرفَن چھکراونہٕ آمتۍ اُمرِ کتھِ چھُ ادیبس ستۍ واٹھ تھوَن والین نزِ دِنس وقتس ستۍ راوُنک زیادٕ احتمال حال حالے سَیدی موہن تراش ہے۔ یِنسی نِردوش وناگہ ہیوِ اُدیب اَسہِ نِیتہِ ژھیپہِ تہ تِہُنٛد زِندگی ہِنٛدی حالات زانہنہٕ موکوٗم کرنہٕ خٲطرِ چھِ دردٕ تحقیق کرنٕچ ضروٗرت۔ اُمرِ وجہ کنۍ آیہِ نُہلِہ پایہِ اُدیبن تہ شاعرن ستۍ مُلاقاتس دوران سوال و جواب کرنہٕ باپت مُختلِف محفلَن ہُنٛد اِنعقاد کرنہٕ۔ یَتھ منز مُلاقات کرن وٲلِس اُدیبَس تہ شاعرَس پانٕٹھ آسے مظموٗن تہ پرنہٕ اور سِستی آو یِہُنٛز زِندگی ہِنٛدی بانگا رنگ گوشن تہ دَل دِنہٕ یِہ تہٕ آیہِ تمۍ راوِچ کوٗشش کرنہٕ زِ اُدیب سُنٛد ادبی نظریہ زِنٛدہ روزنکۍ اُصوٗل، دھارمِک نقطۂ نظر تہ اَدبی سوچ کیا ہیٚو چھُ۔ لہٰذا یہ کتھ مدِ نظر تھٲوِتھ یِمَن قلمکارَن ستۍ اَسہِ مُلاقات کوٚر تِم چھِ شری ارجن دیو مجبوٗر شری ہری کرشن کول، شری پُشکر بھان، شری کاشی ناتھ باغوان تہ شری مکھن لال کنٛو۔ یہ کینژھا یمو یِہنٛزِ پانس تہ پنٕنِس اَدبی سفرس مُتعلق وَون تہ چھُ اَسہِ مِن وعن یَتھ کتابہِ منز ایمانداری سان دَرج کرِتھ تو یہِ تام

# پیٚژاوِش

أسی یٖیلہِ ییٚنہٕ نِش نٔمِن اَسلافن پٔیٹھ نَظر تراوان چھِ۔ یِموٚ کاشُر زبان
تہٕ أمیُک کُلہم اَدبی اَثاثہٕ (نظم تہٕ نثر) عرٛق سٕمبٕس پٔیٹھ واتہٕ نووُمُت چھُ تہٕ تِہُنٛد
دٔیت پیٚژِ پأٹھۍ تھٔکِکُن لایق چھُ، چِھپہٕ تِہنٛز تمام تر زِندگی تہٕ تِمہِ کین مُختلِف
گوٚشن مُتلق اسہِ کینٛہہ تہٕ نشان اَسہِ چُھپہٕ کنہِ تہٕ تِہنٛزِ زِندگی تہٕ تِمہِ کین رنٛگا
رنٛگ گوٚشن ہُنٛد بےٚ پناہ لگان یہِ چُھ دراصل تِمہِ غفلتُک ہُنٛد نتیجہٕ یُس زَن
اَتھ زبأنی تہٕ تِمہِ پتھ کالہٕ کیوٚ حُکمرانو زأنتہٕ مأنتھ روا تھووُمُت چُھ۔ شاید چھُ
یہیے وجہ تہٕ ازکل چھُ وارِیاہ گُذریمٕژن اَدبی شخصیژن ہنٛدِس آسنس پٔیٹھ
تہٕ سوالیہ نِشانہٕ لگاونہٕ یِوان۔ یہِ چھا زأنتھ مأنتھ مَصلحتن تحت یِوان
کرنہٕ کینہہ۔ تہٕ ہیٚکہِ ییٚنہٕ دوٚل وَقتے ثأبِت کٔرِتھ نکیازِ دۄہ کھوٚتہٕ
دۄہ ییٚنہٕ أمیُک پھٔہلوٚت تہٕ کرِہُن مولہِ آنکوٚن کٔرِتھ نوٚن کڈنہٕ تہٕ پیٚژر
پیٚژراوَن وأنۍ مُلن تِمن سارِنے ہٕنٛز تھانہٕ ہیم وُنہٕ تہٕ چھِ وَقتہٕ کِس

موہن لال آش

# ارجن دیو مجبور — زان

ارجن دیو مجبور چھُ کاشرِ اَدبُک اکھ وَڈیود ناو۔ یہِ چھُ شاعر یُس پَتِمیو ژتجہو وُریو پیٹھہٕ باقاعدٕ لیکھان چھُ۔ اَمہِ چھہِ ادبی تحقیقس تہٕ تارٖیخس پیٹھہٕ کام کٔرمٕژ۔ اَمہِ چھہِ ہِجوٗرِس تہٕ رکجوٗرِس ہیتی مشاعرن منٛز شرکت کٔرمٕژ۔ نادِم، کامِل، فراق تہٕ راہی چھہِ اَہنٛد ہمسفر۔ یہِ چھُ وقت پیٚیرِ منٛز سگر دِین چھُس کام کرنُک بوگ عطا کوٚرمُت۔ یہِ چھُ وُنہِ تہٕ لیکھان۔

دِیان کاشرِ تہٕ اُدیبس چھہِ سماجی، سیاسی، ذاتی، معاشی تہٕ معاشرتی حالات لیکھنس پیٹھ اثر انداز سپدان۔ مجبور تہٕ چھُ ہمو دولایو منٛزٕ ڈرامُت۔ اَہنٛز شاعری ہُنٛد ابتدائی دور اوس عوامی شاعری" عوامکی امانت چھہِ یم مثیأذ شارٕ۔ "کلام مجبور" یہِ چھُ سہ زمانہٕ ییٚلہِ پرنخہ کانٛہہ اُدیب شاعر تہٕ قلمکار پانس مارکسی لیبل شوقہٕ سان لاگان اوس۔ اَمہِ لاج نہٕ یہِ لیبل شوقہٕ بلکہِ مجبوری موکھہٕ کیازِ معاشی تنگ دستی، سیاسی افراتفری تہٕ جاگیردآری دولہہ رچشہِ وانٛنود یہِ انقلابس نکھہ۔ اَمہِ لاگ آلہِ نیرنے ناؠ پھکار ژراوٕ ذکنہِ شیٚہلیوو تہٕ کھمبرلو کٔرس کھور رنہٕ دآوی مگر یہِ گوب جگری سان بردشہِ پکان اُمس اوس ننگ دستی تہٕ محرومی چاکہِ گریبان کوٚرمُت۔ یہِ اوس زَن ناؠ الاؤس منٛز وُہان۔ ژوپاسے مجبوری ہُنٛد عالم۔ اُمس

واتنہٕ ناوٕنٛچ کوٗشش کٔرٕتھ۔ وۄمید چھ زِ توٚہۍ کٔرِو یہِ لیکھنہٕ نکیاز یمن اَدیبن مُتلق گژھن سارۍ شک تہٕ شُبہہ دوٗر تہٕ ییٚنہٕ وٲلِس زمانس منٛز ینہٕ تہٕ یِم گال کھاتس تراونہٕ تہٕ نہ یِنہٕ یمن مُتلق کُنہٕ تہٕ قسمکۍ سوالیہ نِشان تراونہٕ تہٕ نہ ہیٚکہِ کُنہٕ قسمچ کنفیوٗژن پاد سپدِتھ۔

ستی سرکتابی سِلسِلکۍ یِم ژور نمبر اَز تام چھاپ سپدِتھ تِم ییٚہِ نام وٲتۍ اَسہِ ڈاکٹر رتن لال شانتن، ڈاکٹر رتن لال تلاشی تہٕ رتن لال جوہر صابنہٕ پُرخلوص کوٗششن ہُنٛد نتیجہ۔ اَسہِ چھِہ یِمن ترنوٛژی بےلوٗث اَدبی ژٕکی وَرِن امہِ باپت مُبارک باد تہٕ کران تہٕ شُکریہ ادا کرُن تہٕ پنُن فرض زانان۔

اَزبک یہِ شُمار یانے مُلاقات نمبر چھاپ کرنس منٛز کوٗر ڈاکٹر رتن لال شانتن صابن بیمبک سواد وُچھتھ تہٕ شیرِتھ پاد کٔرِتھ چھاپ کرنس منٛز اَسہِ اَنہٕ زوٗرٹ تہٕ رہنمٲیی۔ اَسہِ چھِہ اَمہِ باپت یِمن وارِہ وٲنجہِ شُکریہ اَدا کران۔

ایڈیٹر

مکھن لال کنول ۔ جواہر لال سرُور

ہُنٛد زرباب وٕلُن۔ تہٕ تخلیق کِس طِلسم خانَس مَنٛز نایاب موٗختہٕ دانہٕ ہُنٛد امبر سٕۄمبراوُن۔

اۄبُر ووٚزِ آسہِ زربٕکۍ شال ووناں
سِیاہ گٹہٕ آسہِ والِس تیٖز دوراں
لرِ جاینِ وُچھکھ ہُبھی خستہ گامہٕ
درو دٟیوار آسن آو سیٖمہٕ
ہُبرِتھ لولا گمٕنٛ گالِنٛ پکان گژھ
یِہُنٛدی تصویر چشمن مَنٛز رچھان گژھ
رٕژر پاٹھا کٔرِتھ آہی سنگان گژھ
ژٕ نارس مَنٛز تہٕ پوشہٕ کُلۍ ووان گژھ

نارس مَنٛز پوشہٕ کُلۍ وۄونک امار چُھ اکھ فِکر انگیز سوال۔ اَتھ مُقامس پیٹھ چھُ تخلیق کار پٔرانِس زمانس رُخصتھ کٔرِتھ "نافہ" ژھانٛڈنکِس تلاشَس مَنٛز اۄزُر سپدان۔ اَمہِ شیٖنٛزِ رنٛگ چھُ واریاہ شعرن ہِیوان پھیرُن۔ ووٚنی چھُ یہِ نوعِ پربٕتھ اپہٕ کرنس لگان۔

اتہٕ پیٹھ چھُ اَہنٛز شاعری مُشکھ ہِیوان ژھٹنی۔ شاید چھُس جدید عہدہٕ آگہی ہُنٛد نافہ کتہٕ "نافِ انہِ آمت۔

ناد امرتھ نارے نارے
کاشہٕ ہرارے درشن ہراو

تیلیُو سمٲجی تہٕ معاشرتی زِندگی ہُند ٹیٚنچھر زُمن زُمن ۔ اُمِس آسہٕ شِرٕ ہٕنٛزِ لویستکہٕ رٲدِس تل گٲمٕژ۔ قدرَن ہٕنٛز پامٲلی آس اُہنٛدِس شعوٗرس اکہٕ بالہٕ کھاران تہٕ دٔویمہٕ بالہٕ پاتھلیس وٲلان ۔

زمانکہٕ بادٕہس حالات سٲرِ ہا
دِلکہٕ مُشرِتھ سےٚ تھوٚوٕمس سٲرِ تٲرِ ہا
وِہرارَن ہُنٛدٕ سِنہٕ ژھٲرِتھ برابر
مےٚ دٔہمس ژھانٛڈِتھ یم گاشہٕ آگر

مجبوٗرن بوٗد پٔنُن تصوُرِ حیات وکٲینات گُنہٕ اِبہامہٕ رٔوس ۔ اُمہٕ سُنٛد رتہٕ دٲوٕ ایحساس رٔود کوٚنگہٕ پوٚشن مالہٕ کران ۔ اہرِبلہٕ کیٚن آبشارَن نکھہ وبہٕ اکھ دِوان تہٕ عقیدَن ہٕنٛز عمارتھ وٕ چھٕنز زَن چھلہٕ چھلہٕ یٚمِس یوان لاینہٕ ۔

نِشانَن ہُنٛد نوٚوٕے چھیٚنہٕ کانٛہہ نِشانا
شُرٕ کیٚمِژٕ وَنِتھ تہٕ پکہٕ ہٕ وِنی وانہٕ لٲنا
پھُھ آمُت سوچہٕ دُرہٕ یاوَن مےٚ سٕہراب
تہٕ یادٲشتس گُژھان ہَن ہَن چھُہ بےٚ تاب

یہٕ اوس مجبوٗر صاحبنہٕ زِندگی مَنٛز دٔویم اِرتقٲیی مٔنزِل یٚیلہٕ اُمِس خطابَت باسیہٕ زَن تہٕ شرٕ گیٚنٛدُن ۔ ووٚنی آو اُہنٛز شاعِری مَنٛز تفکر ووٚنی ہیوٚت اُمی ووٚنٛدٕ کیٚن ناگہٕ رادَن مَنٛز ڈُنٛجہٕ ڈٕیٛن ۔ اُمِس گیہٕ تجدیدٕ حِسیہٕ آگہی پٲدٕ ۔ جمالیاتُک فِکر انگیز پہلوٗ ہیوٚتُن واہ وارٕ اُہنٛدِس تخلیقی کنواسَس رنگ برُن ۔ اُمی ہیوٚت ووٚنی حقیقت پسنٛدی

## ونہٕ چاوان لوٚکن شینٛنل زٕل

بیٚلہٕ شاعرِ وَنان چھُ "اُزِچ بشاشت" یہٕ چھُ ہاوان زِ تخلیقی پاٚزَن لوٚگ جدید عہدٕچ آگہی ہیٚنٛدِس سرحدس منٛز پرواز کرُن ۔ اَمِچ سیٚچ دگ وُزناوِتھ سیرتیٚکرِ راز کاپہٕ اَنہٕ پنٕنہٕ عمل شروٗع کرِتھ ۔ یوٚتاوٕ زَن مجبوٗر سٲبنہٕ اَدبی اِرتقاہک سیر حٲصِل ساپنہٕ نُنک سوال چھُ اکھ خاصیت روزُن اُہنٛدِس کلامس یہٕ زِ اَمہ چھینہٕ کُنہٕ تہٕ مرحلس پیٹھ روٲیتی شاعری یا اُنک بٔنٛدی کرِتھ ۔ مجبوٗر چھُ برجستہ جذبات نِگاری تہٕ نظارٕ کشی ہنٛز ہونر زانان ۔ مینگھ دوٚتس ترجمہٕ کرنہٕ پتہٕ چھُ باسان زِ شاعر چھُ کالپِدٲسنہٕ فیتہٕ تہٕ منظر نِگاری سیٚٹھا مُتاثر کوٚرمُت ۔ وُچھتو یہٕ بنٛد باسان چھُ زَن چھُ مینگھ دوت کے انگ ۔

سنگرمالہِ وژُن گو کینہٕ نے\
ونہٕ نے منٛز وَونھ شاہپاٚزا\
ہیس آس لوٗلک رس چھُس سینہٕ نے\
ریسہٕ ریسہٕ منٛزٕ نے گَنٛڈنس ووٚٹھ\
نکھہٕ آیہٕ سنگرس ہیٚتونس وَنہٕ نے\
پینہٕ نے چھکہٕ وَن کنہٕ پیٹھ آکھ

۵

گرٲوی وَنن ہے ہٕدی لاٚرِم\
سرٲوی وَنن منٛز دوہ پاٚلِم\
انہاٚرِہ وُچھم کاٚتیاہ منظر

سۄرساتس لال ماژارے

لولہٕ وارے دارِ تُژ راو

○

وُسی ارض و سما واتایہٕ عالم
نہ چھُپس کُنہِ انٛدَ نے چھُپس نار محکم
پٔزر زانُن سہٕٹھا چھُے گرۄٹھ بارو
گرس پیٹہٕ نِس کرُن چھُے لۄٹھ بارو

○

نصیحت کیا کرَے چھکھ پانہٕ واتِتھ
غرۄرُک ہیہ ینٛو تھاوی ژرٕے پٲدِنھ
اگر لوٗبن رۄُنکھ کینٛہہ چھُے نہ پٕراوُن
اہم مٔژر بازرس ما شۄوبہِ ژٕراوُن

ووٛنۍ چھُ مجبور commitment تلہٕ آزاد سَپدان تہٕ دُڈ ووُن جاناور بنِتھ ادبی آکاشس پٲڈ اُنزُل ہیوان شیرُن ۔ اَمہِ پیٹھہٕ گیہِ اَمہ شٕژر فنکارٕ روُح کیس اَحساسس بیدار کرنس مٔژر آوُر ۔

پیٛچ لیٛدر بشاشت اَزِچ ہیتھ
سیمنٹہِ ہش ژٕراوان بالن پٕتھ
رکہٕ ناوان سوٗندر شبلہٕ تہٕ پَل

ہنا ہیوٗد فِکِر۔ ہم مدرٕ استعارٕ تشبیہہ کٲری اَمہِ صناوٕنۍ لاجیبہٕ تٔمِن سدا بہار تہٕ رنگا رٔنگی پوشہِ ژٕرِن کوٚر اَمہِ بیٚیہٕ آلو اَمہِ سُند تسلسُلیا دوت بیٚیہٕ تٔمہِ سے پوشہِ مرگن، پاس ژادرن تہٕ آبشارن تکھ۔ بیٚیتہٕ اَمہِ شٲعری ہٕنٛدِس موضوعس کٔنٛتس مالہٕ لاجیبہٕ کرنہٕ۔

ہیوٚت راس گِنٛدُن از بیٚیہٕ بالو
ڈیکہٕ وُشناوُن ہیوٚت پآٔنژالو
افتابن رتھ کوٚر تیز پٔژِن
وَن یارِن دارِن ناپھ چھوکُن
شِنہٕ ژادر لوٚت لوٚت وِگلاوُنا
سنہٕ ساَسے سونٛزل بیٚیہٕ واہراوُن
دِتھ دٔدری نظراہ کوہ سارَن
"ٹکہٕ آو" شُتی سر سہہٕ لارَن

ٹکہٕ ٹِن چھُ اَمہِ کتھِ ہٕنٛد برملا اِظہار زِ ہمے ہیوٚک تہٕ پٔژِن پتھ کال مشراوِتھ۔

ازکل بیٚیلہِ اَسی مجبور صاحبنہِ شاعری ہٕنٛز موٗلہٕ آنکہٕ وَن کرو۔ صاف چھُ بَاسان زِ ووٚنۍ چھُ اَمہِ تخلیقی عملہِ رنگ ژھرزلان۔ اَمہِ سُنٛدس کلامس منٛز چھُ تمی مٔنٛزِ ہٕنٛد شرپہٕ تہٕ "تازگی تہٕ ہیٚاماران بیٚیمہِ منٛزٕ اَمِس "سمھفن تہذیب" کین موٗلہٕ لین تجربن وِتھ ہٕنٛدی زیروبم، علمدار سُنٛدِن شرکین تہٕ لَلہٕ ماجہِ ہٕنٛدِن

پۄت وۄن اَسۍ تِتھ سونہٕ سٲوی سحر
شۄد، شۄژی وِہل آبکۍ کوثر
پیٚمتۍ بُرزٕ کُلین وُڈٕ وِنۍ کوتر

۱۹۹۰ء پتہٕ گوٚ غریب الوطنی ہِندِس افسوسناک پۄت منظرس منٛز یِتھ سٕنی گرفتار زِ احساسَن تہٕ تخلیقن ہِنٛزِ نار تہٕ ٹنگل آپراوٕنۍ۔ اکھ الاو گوٚ ہِنٛگہ منگہ پٲدٕ یِمی سوٗرے کیٚبتہٕ بھسم کوٚر۔ اَمِس گیہٕ تصورانَن ہِنٛدۍ پیٚتم نقش زَن وۄتھِ بُزی۔ اَمِس توٚگ نہٕ اتھ وولہٕرشہٕ تہٕ کُہی کاسنس کانٛہہ ڈیٖن۔ یہٕ گوٚ خدایا آوٕنِس منٛز یِتھٕ گرفتار زِ شاعری ہِنٛز مہریتہٕ بٲراو کرنہٕ بدلہ موٗتھ اَمی سٲری پیٚتھ ہِتھس سورِ بیتمہِ عنتی مہریتہٕ پتُن شوقل وۄدہود چھلہٕ چھانگرِ سۄپُد۔

ونو منٛز وگنہٕ ٹوپ کاسیتھ کھکھ
سبزار ڈلاوِکھ
پرستان ژٕنِکھ
رُود چینٛزِ زاجکھ
منس پٮ۪ربہٕ ونیٖ چھچل رآیل
پتھر ٹھاسکہ موٚلے گانکھ
حیا تکو رحمتکۍ آگر
سرے شامن گرے سٲرکھ
مگر یہٕ چھیوٚر جلدے اَمرِ بے ہنگم شوروشر منٛز پۄت۔

## ارجن دیو مجبور صابس ستی مُلاقاتھ

یہ چھےٚ خۄشی ہٕنز کتھ زِ از ییٚلہِ أسی جماہ سپدِ ہٕنی چھِ۔ یہِ دوہ آو نو راترن منٛز۔ یہ دوہ چھُ اتھ سارِنے ہُنٛد یتھ منٛز جرنلسٹ تہٕ چھ ناول نِگار تہٕ چھِ نہٕ باقے لِکھاری تہٕ چھِ۔ یتہ مجلسہِ منٛز چھِ کاشرِ لِکھاری علاوٕ ہندی اردو تہٕ ڈوگری زبانٕ ہٕندی لِکھاری تہٕ موجود۔ ہمو منٛز چھُ کینٛژو آتنک وادس متعلق لیوکھمت تے چھُ از ابو ریحان یاد پیوان۔ از برونٛہہ ۱۰۲۳ ؤری اوس محمود غزنوی ہندِس دربارس منٛز البیرونی اکھ بوڑ بارٕ تاریخ دان تہٕ اُدیب۔ اَمہِ وقتہٕ اوس محمود غزنوی ہندوستانس پیٹھ حملہٕ کران، پنجابس زینان تہٕ مندرن لوٗٹان۔ مگر دوٚیمہِ طرفٕ اوس البیرونی یَس زَن بہلہِ پایہِ اکھ ریاضی دان، اکھ نجومی تہٕ جغرافی دان ہندوستانٕکس تہذیبس ہٕبتہٕ کِس تَوارٟخس ہٕبتہٕ کِس فلسفس تہٕ شاسترس سنسکرتس منٛز زانٕنچ کوٗشش کران۔ سُہ اوس لیکھان تہٕ ترجمہ کرنٕچ کوٗشش کران۔

ازچِھس بہٕ زانن یژھان زِ اَسی چھا یژھان زِ سون تہذیب گژھہ بندوقہ ستی ختم [illegible] کمنہٕ یہ گژھ زِنٛدہ روزُن۔ بہٕ ییلہِ بنگال گوس تہٕ سمکھیبیہ ستے منی پورٕچ اکھ مزنہٕ لِکھاری۔ سنٛتہٕ کتھ کران وون تمس زِ تہٕہندِس ریاستس منٛز

واکھن ہِنٛز پآرٕ زان کرناوٕ۔

مےٚ تخلیقکۍ رُسلِ سرمد نفسٕ بیٚین
تہٕ نوٗرکۍ بے بہا اسرار ووتلن
ژٕلکھ زوالٕ اِنسانس سراسر
کرکھ آزاد سآری گیانٕہ آگر
نبس پیٹھ دوٗر شولان گاشٕہ تارکھ
زمانا نوٚو رتھے کھارُن نعلوٗ ٹھک
بُدی ہِنٛدی ہوٗل گآلِتھ دارٕ سآری
کرکھ نیکی ہِنٛدی دفتر بہ جآری

یانڑی چیز بنیومت تہٕ یہٕ چھ باضابطہ کینہہ دنہٕ یوان۔

یتھ اسہ ازکل کیس میڈیا ہس کُن نظر ترٛاوان چھ تمہ منز چھ ریڈیو تہٕ ٹی وی اکھ اہم پارٹ اداکران۔ یم چیز ریڈیو تہٕ ٹی وی کیس پیٹھ یوان پیش چھ تہٕ ساٚنی عام لکھ زنانہٕ کہو مرد، بڈی کہو لوکٕٹ پنہٕ نظرہٕ وُچھان یا رکارڈ بوزان تم چیز چھنہٕ مطٲری تہٕ یہٕ تہٕ چھُس نہٕ بذاتِ خود باپہٕ تہٕ ہمو چیزو ہنٛز متعلقین سپدان۔ یم چیز ہیکن نہٕ ساٚنس ملکس بروٚنہہ کن پکنہٕ ناوِتھ۔ ملک آزاد سپدنہٕ پتہٕ ژٹ اسہٕ اکھ غلط وتھ تہٕ اسہ لگی اتھ وتہٕ پکنہٕ۔ مثلے رشوت خوری پھ جاری۔ غربت چھے عام تہٕ اسہٕ چھ ہاوان ٹی وی کہ ذریعہٕ سرور پتی ہوی نمائش۔ اتھ منز چھنہٕ کانہہ شک زہٕ امہ ستی چھے رژھ کہنڈ انفارمیشن میلان مگر کرو ڈاپتی پروگرام ہاونہٕ یا وُچھنہٕ ستہ چھنہٕ ساٚنی مسایل حل سپدن واٚلی۔ تیہ چھی نہٕ اتھ پیٹھ وشواس۔ ازیک انسان چھ تمہ دورہٕ منزٕ گنڑران یتھ منز حرف ذروعہ چھ تہٕ جرایم پھ چھ۔ دوہ کھوتہٕ دوہ ہران۔ یمن ناکارہ گیین خلاف آواز تلنہٕ چھ میڈیا والین ہنٛد فرض۔

مے چھے بے حد خوشی زِ کشیر ترٛاونہٕ پتہٕ چھے ساٚ تھرو پنڈتو ادیبن تہٕ شاعرن سلسلہ وار یاہ کام کرمژ تہٕ کران تہٕ چھ۔ امہ باپت چھس بہٕ یمن مبارکباد کران۔ حالانکہ گرٕ نیرنہٕ پتہٕ یانے کشیر ترٛاونہٕ پتہٕ آسے گرٕ ژالنہٕ تہٕ یمن روزگار نہٕ کانہہ تھکہٕ پنٛڈ۔ امہ باوجود تہٕ چھ یم لکھاری جان جان کتابہٕ لیکھان تہٕ جان ادیبن دوہ تھبو دِوان۔ نہٕ صرف مرد بلکہ زنانہٕ لکھاری تہٕ چھے یہٕ کام بروٚنہہ پکناونس منز پیش پیش۔ مسلمن اسہٕ بروٚنہہ چھ وُزکن بہ لاچی

پھٕرِ کلچر یانے اکھ چھُ گن کلچرٕ نہٕ بیاکھ چھُ قومٕک کلچر نمہ کُنہٕ دەکھ نہٕ دٔدٕنٛ۔ ہُرٕنٛ پاگٕ چھُ تامیہ سٕہ اکھ طاقتھ، اُدبیہ چھُ سٕہ اکھ طاقتھ نہٕ جرٕنلسٹہ چھُ سٕہ اکھ طاقتھ یُس ہُرٕنٛ پاٹھۍ مُقابلہٕ ہیکہٕ کٔرتھ نہٕ اصلیح تہٕ ہیرٕرٕنج وٕتھ ہیکہٕ ہاوِتھ۔ مےٚ چھُ یقین زِ یمہٕ ریاستس منٛز ییدِ چھیکرس تعلیم ادب نہٕ ہیرٕرٕنج جیت، عقلہٕ تہٕ ستہی سونٛچ جیت۔

مےٚ چھُ یاد زِ البیرونن چھُ کٔشیرِ متعلق وارِیاہ اِنکشافات کٔرِمتۍ۔ سٕہ چھُ ونان وۄنکر چھُ کٔشیرِ منٛز اکھ گام ییٚتہِ اکھ برہمن روزان اوس تس اوس دستٲویزناو۔ البیرونی چھُ لیکھان زِ از برونٛہہ اکھ ساس ؤری یہِ کٔر دستاویزن ویدِ قلمبند۔ اَمہِ ستۍ ہیکو توٚہۍ اندازٕ کٔرِتھ زِ یہٕ سہٕ یہِ ساُنٛ ماضی کٔتھۍ چھےٚ یہِ چھےٚ ڈۆنہہ کین اہم کتابن تواریخس، فلسفس تہٕ باقٕی چیزن ہِتۍ واراہ پٔتھ کالہٕ پیٛٹھ واتھ تھوان۔ البیرونہِ ؤون زِ اکھ کٲشُر برہمن سیوابلن اُسی یمی منٛز کتاب کھنٛد کا۔ یتھے پاٹھۍ اُس اکھ کتاب یہٕ سہٕ برہم گُپت منٛز اُس تمہِ کۆرٕن عربی زبانہِ منٛز ترجمہٕ۔ برہم گُپت اوس بۆڈ باہ علم نجوم زانن وول۔ یہِ چھُ البیرونن پننہِ سفرنامس منٛز لیکھمت۔

چونکہ مےٚ چھُ آمُت وَننہٕ زِ یہِ وَنہٕ کینٛہہ ادبس متعلق نہٕ پانس متعلق وَنہٕ نہٕ یہِ کینٛہہ۔ ازکلکۍ ہم ادبی مسایل چھ یا ادبی ڈۆنہہ ہیک صورت حال چھُ۔ یہِ یمہٕ سیٚدِ سیٚود تنھی کُن۔ ازکل چھُ سائنس مُلکس منٛز مادی دور طیس پیٛٹھ یانے ہُرتھ کینٛہہ چھُ تجارتی نظرٕ تولنہٕ یوان نہٕ اَسہِ اَدب تجارتی لین دین نشہٕ بچاوٕنٛ۔ اسہِ پزِ سونٛچُن زِ اسہِ کیا پزِ کرُن۔ گاندھی نہٕ ٹیگورَن وٕنیوو زِ ادب گژھ نہٕ اکھ انڈسٹری بناونہٕ یِنۍ۔ یہِ گژھ نہٕ بازرٕکس چیز بناونہٕ یِنٛ۔ یہِ چھُس ووٚنۍ محسوس کرٕن زِ ادب چھُ

نظریہ یم زَن پتہٕ وَتھ چلان آمت چھ۔ اکھ گوٚو یُس لِکھاری پننہٕ سوکھ باپتھ لیکھان
چھُ یانے فن برائے فن تہٕ دوٚیم گو ادب برائے زِندگی یانے دوٚیمین ہِنٛد
باپتھ یہ کینٛژھا لیکھنہٕ یِیہِ۔

یہٕ اوسُس ژوٚتہِ اوتھرے ڈاکٹر راج کپور سنٛز کِتاب یوٚس زَن امریکہ ہٕس
منٛز چھاپ سپنٕز مٕژ چھےٚ، پران۔ یہٕ چھےٚ سیٹھا مقبول کِتاب۔ یم چھ وَنان کہِ سانہٕ
سبتایہٕ منٛز چھےٚ یوگس سیٹھا اہمیت ہیٚتی چھ یہ کَتھ تہٕ وِژھناوان کہِ دوا ہٕنٛز
مُقابلہٕ چھُ یوگا کرُن زیادٕ موثر یمو کٕرِ تِم بیمار یوگہ ہیتی ٹھیکھ یم یمَن نِشہٕ
یِلاجہٕ خاطرٕ گیہ۔

یہ کتھ چھےٚ وِژھناونٕ لایکھ کہِ ہندی زبانٕ مُنٛد اکھ لِکھاری، تٕمی سُنٛد ناو
نہٕ چھے یاد چھُ پھوان اُمس بُھلہٕ پایہٕ ڈانسر تہٕ۔ اُمس روٗد بہَن وُرہیَن زنگن پولیو
تہٕ گیس زِندگی بِہتھ۔ ٹھِین بڈٕین ڈاکٹرن نِشہٕ یلاج کرنہٕ پتہٕ تہٕ گیہ نہٕ اُمس
زنگہٕ ٹھیک۔ چھیکرس گیہ یہ اُکس یوگا زانن والِس نِشہٕ۔ یُس زَن اُتھ مہارت
تھوان اوس۔ تومۍ گژھو ہاران نِہ سو گیہ اُمہ ہٕنٛدے یلاجہٕ ہیتی ٹھیکھ تہٕ دوٚدٕ
از چھ سو اکھ نژان تہٕ بہتیہٕ بُھلہٕ پایہٕ ادب تہٕ لیکھان۔ پتمہٕ لٹہٕ آر بی۔ بی۔ سی
بیٹھ تٕمی سُنٛد انٹرویو نشر کرنہٕ۔

ادبکِس بارس منٛز یُس موون تطریہٕ بُھ یا تھیوری چھےٚ۔ تمہ چھ اُسی
وَنان "Folistic Theory" تہٕ یہ تھیوری چھےٚ یونانس منٛز تہٕ
آسمٕژ۔ اَمہ تھیوری ہٕنٛد مطلب چھُ کہ سارے زِندٕ زاژ چھےٚ ییٚمہٕ کاس ماسکہ چھیہٕ

کٔشیٖر ماجی ہٕتہٕ کوشلیا ولی جی بیٚنتریم زن شاندار ادب برونٛہہ پکناونس منٛز نیٚنہ
مینہ سان کام کران چھےٚ۔ بملا جی چھےٚ سیٹھا جان واکھ لیکھان۔ باگوان دید چھےٚ
بمیہ منٛز کاشرِس گوڈ بران۔ اتھ زرگرس پتہٕ ہیکو باگوان دیدِ اُسی جان صوفی
شاعرٕ وٕنِتھ ییٚتہِ تمو سٕنز کتاب چھپنہ کٕنہ تہٕ رنگس منٛز کم پایہٕ۔ اُمہِ علاوٕ چھِ دِلہِ
تہٕ بیٚییہِ باقین جاین کاشرِ لیکھارِ کاشرِس ادبس گوڈ بران۔ رٮ۪ڑ جرنل ازٕ تک
سوال۔ اتھ مادانس منٛز تہٕ چھپنہٕ اُسی کٕنہ قسمہٕ کم پایہٕ۔ مثلاً ڈاکٹر آر۔ ایل
بٹ صاب چھِ سیٹھا خلوصہ سان جرنل ازٕ پیٚچھ کام کران تہٕ اکھ توٗ ناڑ ندڑ
کرن پاد۔ ییتھے پاٹھی چھِ ییٚمو صاب ڈراماکس فیلڈس منٛز بہلہِ پایہٕ کام
کران تہٕ پیٚنہ نیبت ڈراماہن عام تکن تام وانہ ناوان یوٗنتے یوت نہٕ بلکہ چھ
تمارِ تچھس اُزٕکین ناسہٕ نراسہٕ حالاتن ہیتہٕ واکھ دِتھ اتسہ تام بٔہلہِ پایہٕ ڈراما
لیکھ لیکھِ وانہ ناوان۔ یہ چھُس اُزٕکین نوجوانن اپیل کران کہ تمن پزٕ ادبکس
مادانس کُن ییتھہ کینٛہہ صابس ہیوٗ جان ڈراما نِگار بننٕچ کوٗشش کرٕنی۔ اتسہ
چھِ کاشرِس ادبس منٛز سیٹھا کم ڈراما نِگار۔ ییہے ونن چھےٚ ادبہ کین دوییمین
شوبن منٛز تہٕ۔ افسانوی ادبس ہیتہٕ توٗنگ تھوون والین منٛز تہٕ چھِ سیٹھے کم ناو
ہیتہٕ لایکھ مثلن ڈاکٹر رتن لال شانت یا ڈاکٹر امر مالموہی بیٚنتھر چھِ جان افسانہ لیکھان۔

سون تہذیب اگر کانہہ زندہ تھاوان چھِ سہ چھُ اکس ادیبہ سُند، اکس
شاعرٕ سُند، اکس صحافی سُند قلم۔ لہٰذا ہیکن ادیب شاعر، صحافی بیٚنتھر پیٚنہٕ نِس
سماجس سٕنٛہی وتہٕ پکنس کُن رہنمائی کٔرِتھ۔ تکیانہ ادبہ کیس بارس منٛز چھ نہ

کِتاب سُہ ڈراما آسہِ، شاعری آسہِ، کہانی آسہِ، تنقید آسہِ یا لیکھ آسہِ چھےٚ اہمیت تھاوان۔ امہِ مالموٗسی چھُ تنقیدس پیٹھ سیٹھا جان کام کران۔ تِکیازِ واریاہن پیٹھ اوسہٕ آمُت لیکھنے۔ اَمی لۆکھ نمن پیٹھ بڈےٚ باک یا کُھٹ تِکیازِ تِہنٛد سمجھ چھُ سیٹھا سوٗن نہٕ گہرٕ۔ اسہِ پیٛن کِتابہٕ پرٕنۍ۔ خوشونت سنگھس پرژھکھ اکہِ دوہ زِ کِتاب کیا چھِ؟ تِمو دوٚپ زِ کِتاب چھےٚ گاش۔ کِتابہٕ پیٛٹھ آسن تیوٗناہ چھُ گاش آ

ناولٹ چھُ بڈ اہم لیکھ۔ اَسی اگر یہِ لیکھتھ ہیکو سو کرِ کاشُر زبانۍ بڈ مدد نہٕ ادیبس پیٛد برژر۔ ناول آیہِ نہٕ لیکھنے۔ ڈراما چھِ سیٹھا کم لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ مےٚ گو نہٕ ہیٚتھ پاٹھی کینٛہہ موصابس بخار کاشُرِ نہٕ ڈراما نِگار نظرِ۔

مےٚ چھےٚ خوشی زِ پتمیٚن دہن وریَن آو مایگریشنس پیٹھ واریاہ کینٛہہ لیکھنہٕ۔ مےٚ چھُ داوا زِ باقی قومو چھنہٕ یژھ مصیبتھ گرٛژرٕ نہٕ جات ادب پاد کوٚرمُت۔ سیٹھا اہم چیز چھِ آمٕتۍ لیکھنہٕ۔ مےٚ چھُ وۄمید زِ سائنس ادبی تحریکس منٛز رودن ہیکھ چیز موجود۔ یِم کِتابہٕ اسہِ پیٹھ اثر آسہٕ ترٛاوان تِم پیٛرن اسہِ جماہ کرنہٕ۔ کشیرِ پیٹھ کوناہ چھُ آمُت لیکھنہٕ تِتھ چھنہٕ کانٛہہ حد نہٕ حساب۔ سمپرٛتی نہٕ گرٛ واریاہ کام۔ یِم باقی آرگنایزیشنہٕ چھےٚ تِم تہِ چھِ واریاہ کام کران۔

یہِ ہیکہٕ سیٹھا کم وقتس منٛز ساریے احاطہٕ گرٛتھ مگر یہِ وَنہٕ یہِ ضروری زِ اسہِ لۆکھ تہٕ اسہِ تھوو ادب زنٛدٕ۔ اسہِ گٔر کوشش زِ پتمیٚن دہن وریَن لیس یہِ نار دزان ووتھ یہِ کریون ژھینہٕ نہٕ تتھ گوژھ نہٕ تیز رلگن۔ یہِ چھس سمپرٛتی ہُند سیٹھا مشکور نہٕ توہہِ سارنے ہُند زِ توہہِ کۆرو مےٚ عزت افزائی۔ ییٚون حوصلہ دِیو۔ شکریہ۔

تہٕ اَتھ کاس ماسٹس ہیکَن تِہِنٛدۍ پاٹھۍ تِم فایدٕ تُلِتھ یِتھٕ پاٹھۍ یِتھ سالہٕ پوٚگی تلان آسہِ یانے تِہِنٛدۍ تہٕ آسہِ کینٛہہ لُکھ یِم زَن حرف ہُرٕس بیٚٹھۍ بوتھ زِنٛدٕ آسہِ روزان مٕے چھِ اَتھ بیٚٹھ پٔرِتھ تہٕ پٔرِتھ زِ یتھی "پوٚن کھکھنی" تہٕ آسہِ ووٚدٕ پیٚٹھ واس کران تہٕ اَدٕ کٲم کار تہٕ کران۔ تِمن نِش اُمیٖد پٔہ گرور ہیتی ییٚنہٕ تک تصوٗر۔ یہٕ چھُس وَنان زِ سانِس مُلکس کیا چھُ گوٚمُت تہٕ یہٕ سمجھُن چھُ لَمان۔ سانٛز کٲشُر ہیٚکہٕ نا اَتھ بارس منٛز درُس مُلکس رہنُمٲیی کٔرِتھ یا وَنہٕ ہاوک ہیٚنتھ۔ سٲری اَدیب، دانشور تہٕ مُفکر ہیکَن نا تِرِتھ کِتابہٕ لیکھتھ یِیمہٕ سِتۍ سوچن تِراے ییٚہہ بدلاوتہٕ۔

میانہٕ زِندگی ہُنٛد مقصد چھُ یِتھ کھوٚر بیٚہہٕ کٲشُر زبان گٔرِتھ برو ونہٕ پکنہٕ یکبازِ اَتھ یُس درجہ گوٚژھ آسُن امتہٕ ہیوٚک تہٕ اسہِ اَتھ دِتھ نا وِتھ تہٕ نہ دِیت تَوَکو مَتَن اَتھ کُن زانہہ توجہ۔ ہِنٛزاہ وری دوٚت مِتۍ بوزان زِ کٲشر ہے۔ آکرو سکولن منٛز شُروٗع یِنٛزاہن وٕری یِن منٛز گٔیہِ اَسہِ دارا ریزولیوشن۔ قرار داد مگر اَتھ کُن دِنکھہٕ توجہ۔ کِتابہٕ آیہٕ لیکھنہٕ مگر یہٕ تِراوکھ تونہٕ یِتھ کُن۔

بیاکھ کتھ تہٕ چھےٚ زِ آسہِ چھِ وَنہٕ تہٕ مغربی مُفکرن تہٕ یمہٕ کٔرِتھ زِ … کیا چھُ کٲشر زبانِ مُتعلق لیوکھمُت حالانکہِ اسہِ پَزِن محقق پاد کرِنۍ یِتھ زَن سورُے صورتِ حال واضح سپدِ۔ مےٚ چھُ ذٲتی تجربہٕ کرِتھ کٲشُر چھُ سنسکرِتس سِتۍ رلان تہٕ بلکہ چھُ اَدر یور زبانَن ہُنٛد بیٚٹھ آمُت۔ اسہِ پَزِ اَتھ تحقیق کٔرِتھ پھُٹ کڈُن۔ سہٕ زبان لیوہِ عام لُکن نام وانہٕ یِیکہٕ کُنہٕ تہٕ حالس منٛز اَنِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ اہم سوال اَکِس کِتابہِ ہُنٛد۔ کِتاب چھِ سانہٕ خاطرٕ سیٹھا اہمیت تھاوان۔ کِتاب گٔیہِ ادبی کتاب، ساہتکِ

دوٕنۍ کیٚنہٕ تبدیلیہٕ آیہٕ کرنہٕ۔ سمیرتی         نہٕ چھےٚ کیٚنہٕ نشانیہٕ بدلاونہٕ
باپت سُفارِش کرنہٕ۔ کأشری سماچارن نہٕ چھےٚ پننہٕ کیٚنہٕ سُفارشہٕ کرنہٕ۔
یِم سارے تبدیلی چھےٚ صحت مَنٛد۔

س - امر مالموہی - یِم مختلِف ادبی تحریکہٕ وٕدجوٚدس منٛز آیہٕ تِمن منٛز کیٛتھ حدس تام کوٚرُو توٚہہِ compromise یانے سمجوتہٕ؟

ج :- بہٕ وَنٛن کہِ compromise چھُنہٕ مےٚ زانٛہہ تہٕ کوٚرمُت - بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ دٲوا سان وٛنِتھ۔ شہٕ ہیٚکہِ میٲنٛز شاعری وٛنِتھ۔ مختلِف وَقتن منٛز چھےٚ مختلِف تحریکہٕ بارسَس آمٕژ۔ تمہٕ سٟتؠ چھِ بٔڑۍ بٔڑۍ شاعر تہٕ ادیب مُتاثر گٲمٕتۍ۔ شہٕ چھُس نہٕ بےیوت مگر بیٚنہٕ تیٚتھ سٟتؠ انسانی رُوح، انسانی مسلہٕ تہٕ ابدی مسلہٕ ییم چھِ تِمن مُتلق سوالن چھُنہٕ جوابہٕ یانے واریاہ سوال چھِ تِم ہِمن نہٕ جوابہٕ چھُ۔

س :- توٚہہِ کیٛتھ پٲٹھۍ چھُو پنُن تخلص مجبوٗر یا نہٕ نووہُت - اتھ چھا کانٛہہ خاص وجہ؟

ج :- بہٕ اوسُس لوکُٹ اکھ نوجوان۔ مےٚ وُچھ تِمن دوہَن اکھ فِلم یَتھ منٛز ہیرو چھُ حالاتو سٟتؠ سیٹھا مجبوٗر آسان سپدمُت تہٕ مےٚ باسیوو پنُن پان تِہیے زَن سیٹھا مجبوٗر ہیوٗ۔ امہٕ سٟتؠ پٲٹھۍ تہٕ مےٚ تھوو پانس یِہے تخلص بیٚیہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ وجہ۔ یہ چھےٚ حقیقت۔

س :- کٲشر زبٲنۍ ہنٛدس سکرپٹس مُتلق کیا چھُ توٚہہِ خیال؟

ج :- یہ سوال چھُ بڈ اہم کول صاحبن چھُ اتھ مُتلق واریاہ کام کٔرمٕژ۔ شانت صاحبن تہٕ چھِ اتھ مُتلق پننہِ سفارشات سوزمٕژ تہٕ مےٚ تہٕ چھُ پنُن نقطہ نظر پیش کوٚرمُت اتھ سلسلس منٛز بیٚیاہ کام سپدِ یمژ چھےٚ سو چھےٚ واریاہ اہم۔ یہ چھُ وونۍ ہنٛدِس منٛز (computrize) سپدان۔ یَتھ منٛز

نہ مگر علامتی تہٕ شاعرانہٕ محاورٕ اوسُس نہٕ واتہٕ نہٕ دِوان ۔ ہری کرشن کولنہِ کیٚنہہ افسانہٕ مثلاً (اکھ عُریان کَتھ، بیٚنہٕ لاران پرنتھ) ہیٚنہٕ آین یتھہٕ پٔٹھی شٲکل پیٚراوَنہٕ مگر مۆلہِ تلہٕ اوس یمَن افسانن منٛز نہٕ افسانہٕ نِگارٕ سُندٕ تُہنٛز یٲدی سرو کار مۆجوٗد۔ ہری کرشن چھُ کنہہ ورنس منٛز ماہر۔ واقعہ تہٕ واقعہٕ تیٚک منطقی جہار چھُ بیٚنہہ ہس افسانس منصوبہٕ بَنِتھ چھُ کاکھس منٛز زندگی ہُنٛد منطقی کیو غٲر منطقی کردار دِوان ۔ منطقی جہارس چھُ کیٚنہہ "رِوایتی" ڈھنٛگ مول والنٕچ کوٗشش کران مگر یہ چھُ صرف اِظہارچہ زبانہِ ہنٛز فرق ۔ سیٚٹھا چھُ حد شوٗنتھ گٔژِ ۔ کول پنٛدس افسانس منٛز چھُ مفہوٗم زیادہ اہم، سو کنہہ زیادہ اہم یوسہ اُمہ بینہٕ مُشاہدٕ، تجربہٕ آگہہ برینتھ تأثر آسان چھُ ۔ سو کتھ چھے سانہِ دوہہ دِشچ عام زِندگیہ ہنٛز آسان مگر تِژھ عام چھَنہ زِ سون توجہ نی تہٕ پانس کُن ۔ سو چھے سانہِ رُژَن زِندگیہ، منٛز سانہِ گٔشنہٕ آہژ زِندگیہ منٛز تِژھ موضوعی کنہہ آسان ییٚنہہ اندر کینژھا اہم کینژھا غٲر موضوعی عاتے گیتنہہ چھُ مگر توٚناڈ اسہِ لبنہٕ یوان چھَنہٕ یتھ تاڈ نہٕ ہری کرشن تنہہ ییٚتھ آونٛج تھوان چھُ۔ مگر یہ ماتے کڈنہٕ خٲطر چھَنہٕ سہ کنہہ ہُنٛد فطری معموٗل بے شکل یا بدشکل کران ۔ تتھ چھے شکل برقرار روزان تہٕ اَسہِ چھُ نوٚ سے باسان زِ یہ چھُ رِوایتی رۆپ ۔ مگر ہری کرشنہٕ افسانٕچ پہلو خصوصیتھ چھہ ییہ آسے ۔ یہ کنہہ یمن ردن افسانن ہُنٛد ذِکر مثال دِنہٕ خاطر کرنہٕ آو تِمن اندر تہٕ چھُ کتھ ہُنٛد فطری رۆپ نُژھراونہٕ آمُت حالانکہ علامتھ چھے سہ رۆپ پھٹراونٕچ کوٗشش کران مگر وُچھن لایق چھُ یہ زِ ارنہٕ چھُ علامتھ افسانہٕ کہ واقعاتی تسلسلک حِصہ بنان۔ پروفیسر چھُ ننگے گرِ نیبران (عُریاں کتھ) آلوہس کھسان اکلاسس اَژان

ڈاکٹر رتن لال شانت

# ہری کرشن کول ۔ اکھ تعارُف

ہری کرشن کول چھُ کاشرِس ادبس منز اکھ اہم ناو ۔ خاصکر افسانہٕ کس زُمرس منز ۔ جدید کاشُر افسانہ پھاپھلاونس منز چھُ کول صابن دِیت اکھ مُنفرد مُقام تھاوان ۔ اَمی ہیکو بلا خوف تردید وٕنِتھ زِ اگر سے اختر محی الدینن افسانہ ترقی پسندیہ ہیئتہٕ فاضہ نِشہ آزاد کٔرِتھ اَتھ نٔوٕ طرح دِیت ۔ ہری کرشن کولن کٔرو افسانک سارہ نہٕ نٔو زینہ لیچھِ کہِ افسانوٕ ینتھ منز موجود بنتھ نہٕ یہ عارضی وقتی گنتوٕ بنتی ییر گژھ ۔ کاشرِس افسانس بیمہ گنتہٕ ڈیتھ نہٕ آت تہٕ امیچ پرزنتھ راوِ سے تمن منز آس سارِ سے کھوتہٕ طاقتور نام نہاد جدیدیتیچ گنتھ بیمہٕ امیک لفظ راش تہٕ لفظک غطری وزناو متاثر کوٚر ۔ افسانہ ہیٚترون علامتن ہند گنٛدن نہٕ مُبہم بیان بازی بنن ۔ یمہٕ آس انسانی صوٗرت حال کیح کرنہٕ یوان مگر یہ افسانس منز اَتھ یوان اوس سہٕ اوس مُصنفہ سِند دِماغک بجی صوٗرت حال زیاد، عام انسانی صوٗرت کم ۔ سہٕ اوس نہٕ کانہہ لوکتِ نظر نہٕ، نہٕ کیباز سہٕ اوس ذٲتی حدود نیبر تھ شانہٕ سے بیٛپس نام داتان ۔ اِرادے آسہٕ یس

اوس نہ تنقہ پاپتھ قلم تُلان۔ متوسط بہ گرن اندر یا سِلسہ سہل تہٕ بہترین صورت حالن پیٹھ کٔنکی ور تہٕ محرکات یتھ کُنہٕ غار معمو زبانٕ منز ہری کرشنن کول شکلاوان چھُ سُہ چھُ امی سُنٛدے کمال یتھ سہل نقل کرُن تہٕ مُشکل چھُ ۔ یہ خصوصیتھ گیہ امس گنان نہٕ پتہٕ کینٛہہ سارِنے اہم افسانن مثلن "راگ وٚراگ"، "شمشان وٚراگ"، "بٹن ہُنٛز ورییہ کہتھا" "پُوت ونہٕ" عاٗس چھُ رژُل 'یتھ رازدانے' ہانکل' شرز کھیل' زُول اپارم" بیترِ منز سرس۔ اکھ نقادن وٚون ہری کرشنس زِ سُہ چھُ جبہٕ کٔڈِتھ افسانہٕ نگار تہٕ امہِ نیبر چھُس نہٕ نظر پِلان۔ یہتھ ہیوی بیان چھُ دِتن وٚاکی شنز کم عملی بیان کران۔ یَس مُتعلق ونُنہ آسن چھُ تس مُتعلق حرف ونُنہ خاطر دِنہٕ آسی زِ امہِ سنٛدی کردار چھِ بٔنہ گرد منز بنہ آسی تہٕ واقاتھ تہٕ چھِ پیٚتھ گرن ہیٚنٛدی۔ یتھ کُنہ اسہِ ہیٚرکنہٕ وٚون ہری کرشن چھُ مُوذیہس مُتعلق ساتھہ تہٕ ایٹی چوڈ یا کاتھہ تہٕ لوکٹی نظر ہینہٕ تہٕ پتہٕ تجربہٕ کِس سندس پیٹھ قبول کران۔ یہ تمِس پٔنن گرُن چھُ تی چھےٚ تسنز کہوٹ تہٕ تمی منز چھُ سُہ کاتھہ تہٕ نام نہاد آفاقی حقیقتھ اخذ کران۔ یم ادیب حرف آفاقی حقیقتہٕ وچھان چھِہ تمن ہینٛدِس تیکہتس منز چھِہ وچھنہٕ تہٕ بٔڈ کمنہٕ حقیقتچ حرف ژھاے آسانا۔ نہینٛدِس تجربس منز چھُنہ انفرادی کرب آسان۔ افسانہ یا ڈرامہٕ ہس منز چھُ پانس گُدر ثونٹ بُنیادی سند بنان نہٕ آگرے بُنیادی کردار واقہٕ یا بیان حد ٹھہرتھ نیبر نیبر گٔہاری ہینٛدی امکانات بڈراوِ بے ین ہٕنز حقیقتھ تہٕ ہنہٕ تیلہٕ چھُ افسانہ یا ڈراما کامیاب ترہناا۔ یہ کامیابی چھِ امہِ خاطر ڈزایریبل (Desireable) کمپلسری (Compulsory) نہٕ۔ بہترین افسانوی ادب چھُ مُصنفہٕ سنٛز زِندگیہ

نہٕ پرناوُن ہیوان نہٕ یہ سوٗرِے کران کران چھُہ سُہ ننگے یوتانٛہ کلاسس اندر ٹُرکن گوڈُنکہِ ہرتس گُن، دراصل تسندِس ننگہِ آسنس کُن نظر ہیوان چھے۔ اَوٚنانہٕ کونہٕ کانٛہہ نظر پیوان، آلو وول کونہٕ تس ژینہٕ وَن ڈوان تِکیازِ افسانُک بیانیا (دراصل افسانوی) گرت چھُ مکمل نہٕ اِو سوکہ فطری۔ علامتھ چھے اَتھ فطری بیانیا گرتس پنہٕ کینٛہہ اُبرہر، کران۔ مگر گوڈُ چھُ تتھ پُٹھ کینٛہہ طاقتھ کھڑا تھاوٕنہٕ۔ ختار پُرِتھ افسانہٕ وشرُھناونس نہ چھُ ییتہِ موقہٕ نہٕ نہ محل۔

ہری کرشن زاو کاٹھلیشور زٲنہٕ دار محلہ سری نگرس منٛز ۱۹۳۴ہس منٛز اکس غریب گرس منٛز۔ پوٚرُن لیوکھن سرکٲری سوکولن منٛز بیا۔ اے کٔرِتھ کوٚرُن پبلک ورکس ڈیپارٹمنٹس منٛز ڈیٚسپیچ کلرکی نہٕ پننہِ تیز نظرِ سٕتی ووچھُن زِ شوبازرکس دماغس منٛز کتھ کُنہٕ چھُ سازی مِنگے۔ واریاہس کالس رُوڈ حرف ہندی زبانہِ منٛز افسانہ لیکھان۔ پتہٕ کوٚرُن کشمیر یونیورسٹی منٛز ہندی زبانہِ منٛزے ایم۔ اے۔ فسٹ کلاس فسٹ مقام پٔراوِتھ۔ مگر لیکھن ہیوٚتُن سنجیدٕ پٲٹھی سنہ ۱۹۶۶ پیٹھ (اس حمام میں) افسانہ مجموعس پیٹھ توٚرِش ہند سرکارُک بناہِ ناپہ انعام، ووٚنہِ آہ نہٕ رِوتانہٕ ذان ہوِہ پتہٕ ہِن شوٗرعاتی افسانن منٛزے کرہری کرشنن پنٕنۍ منفرد شخصیتھ قٲیم۔ تِہندی افسانہ آسہ ذاتی زندگیہ ہندی نہٕ زندگیہ اَندی پکھکھ تہ امار ووتلان ییم اسہ سمجھاویدی آسہ مگر پُھنڈ گینتھ ماتہ توتانہٕ روپوش روزان اوس یوتانہٕ نہ اَمہ سُند قلم تمن زیر دیتھ ننہِ رس انان اوس۔ گوڈنہ پیٹھے روٗد ہری کرشنن اعتقاد پانس گُزریمتس نہٕ گذریمتس پیٹھ اکس بییہ پیندس بوزی متس باوُنی متس یوتانہٕ نہ سہ پننہِ زندگیہ ہندِس طنوطرس منٛز بیہناوِتھ سرکھر کرہے توتانہٕ

# ہری کرشن کول صاحبس سٟتۍ مُلاقاتھ

ازکل چھ صدی تہٕ سنہٕ مُشراونہٕ آمٕتۍ۔ پرٛتھ طرفہٕ چھُ "ملینیم" چہ کرٛکہٕ کنن تہٕ "ملینیم" اِشتہار نظر گژھان۔ لہٰذا گوجان تی کرُن یہ ساری کران آسن۔ مےٚ چھُ یہِ وَنُن زِ ازٕ برونٛہہ الہ پلہ اکھ "ملینیم" چھُ ساٚنۍ اَکھ کٲشُر عالِم ممٹ آچاریَن ادبی عملکِس پیٚرپوزلس یا مقدس نسبتہٕ رایہ دِوان وۄنہِمتۍ زِ کاوبہٕ (یا ادب) یُسنٛہ چھےٚ دَن دولتہٕ تہٕ شُہرتہٕ پراوان۔ اَمہِ سٟتۍ چھِ تمیز تہٕ وطیر ہیٚچھان نحوست تہٕ بدبختی پھٕہ ژلان۔ رۄحٲنی وجد چھُ حاصِل سپدان۔ تہٕ یتی چھ معشوق شیٖرِن میٖچھن کتھن ہنٛدی پاٹھۍ خوش پوٚنہٕ تصمحنہٕ تہٕ میلان۔ صاف چھُ زِ ادبکِس پیٚرپوزس یا مقدس نسبتہٕ گوڈنچ یاتے دَن دولتہ تہٕ شُہرتھ پراونچ کتھ چھِ ممٹ آچارین اُدہین خاطرٕ تہٕ باقے کینٛہہ ادب نوازن خاطرٕ دتہٕ ہِژ۔ آچاریہ ممٹ سٕنٛزِ یہ رایہ بیٚلہِ مےٚ گوڈنچہِ لِٹاپرٕ باوس اکھ نوجوان پسنٛدس کٲدی کِس اُکس کھانٹس منٛز مارکس اِزمک "انقلاب" تہٕ بیٖیس کھانٹس منٛز بھارتیہ سنسکرتی ہنٛدی تُقدی آدرش وۄدکہٕ ودکہٕ کران آسۍ۔ مےٚ کھۄت ممٹ آچاریس پیٚٹھ سخ شرارتھ۔ ژےٚ یاسو تمہ چھیتہ پنٕہ ناوہن ہم کال شاعرن تہٕ اُدیبن یاژ تلی کرےٚ ہِسوپن اَزکین لیکھن والین تہٕ بے عزتی

تہٕ وَننک بہترین نمٲز آسان تہٕ تۄرے چھُ بطورِ پننہٕ چہِ زندگیہِ تہٕ وقتُک تہٕ نمایندٕ بیان۔ دستیاب تھاوان۔ مختار۔ ہری کرشنن ییٚم دۄدِ یاہ پننہٕ نہایت نزدیک دۄدِ باہ نمبر وُچھہ شہ تہِ شکلوٗن تہٕ تۄتانی یۄتانی تہٕ پننہٕ مخصوص انداز تہٕ ایہی چوٚڈاہ ستہ وچھن اکھ صٲب، بیاکھ صٲب، کتھ چھہِ زیورٕ ہیٚنز، نہ وننہٕ لایکھ کتھ، ڈاسے گنٹہٕ، یتھ رازدانے' پھرٕ ہوٗنی، ہاٗل، آدنیچ ہیوی تشدی افسانہ چھِ یہٕ کتھ واضح کران۔ یتھین افسانن منز چھہِ اُسی کول سُند مزاح تہٕ طنز زیادٕ تیزی سان وزنلان وُچھان۔

ہری کرشن کولنہِ کُل ژور افسانہ سومبرنہ چھپے شایع گٲمتۍ۔ یُہنہٕ لاران پرتھ خالس چھُ روٗتُل، یتھ رازدانے' (یتھ پیٹھ ہمین ساہتیہ اکادمی ایواڈ توٗر) تہٕ 'زوٗل ایٲرِم' امہِ علاوٕ چھہِ یمو وارِیاہ ڈراما ریڈیو تہٕ ٹیلی وِژنہٕ خاطر لیکھی متۍ۔ یمو منز 'دستار' ییٚلہِ وَنن گُر چھُ لوان۔ ببیہ سِنزو آچھو تہٕ 'ناٹک کرِو بند' ناو ہیٚتی لایق چھہِ۔ 'ناٹک کرِو بند' چھُ سٹیج ڈراما تہٕ امی ناوٕ چھُ چھپیوٗمت تہٕ۔ ہندی ٹیس منز چھہِ یمہٕ ندی افسانہ ——— اس حمام میں' 'نوکری بھر دھوپ' تہٕ 'اُرتھی' ناوی چھاپ گٲمتۍ۔ یمہٕ سنز اکھ ہندی ناول "دیکھ دیکھا" اَس قسط وار "کاشُر سماچارس" منز چھپان تہٕ کم فہمی کنز آنزٕ بند کرنہٕ۔ نوکری کرٕ کول صاٚبن زیادٕ کالس کشیرٕ ہندین کالجن منز بحیثیت ہندی لیکچرر تہٕ کینژس کالس ہندی ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹیہ منز۔ ۱۹۹۲ءتھس منز ییٚدی بطورِ وستھاپت مولانا آزاد کالج جیمہِ رِٹایر تہٕ روزٕنی چھ دلہِ روزان۔

شُہوٗرنہٕ تہٕ دٔلیلہٕ چھُ پٔرنہٕ کانٛہہ پٔرہان مگر بیٚیہٕ چھُ پٔرن تہٕ پٔرنہٕ کانٛہہ ہیکہٕ
نہٕ اُدیب بٔنِتھ۔ اُدیب بننہٕ سٕے لیٚس نِش وُنی لایکھ کیٚہتہٕ آسہٕ بیٚیہٕ آسٕس تہٕ وُنی
تَگان تہٕ وتھنہٕ باپتھ آسہٕ بےتاب نہٕ بیقرار آسان۔ میاٚنی کٕنہٕ چھُ ترٛیُم شرط
گوڈٕ نِکیو دٔدیو کھوتہٕ زیادٕ اہم کیٚہتہٕ لیکھنہٕ وِزِ چھس بہٕ نہٕ اکھ عجیب بےقراری
محسوس کران۔ مگر سیٚتی چھَم یہٕ اُمید تہٕ آسان تہٕ یہٕ بہٕ لیکھہٕ تہٕ کرٕ لُوکن
خوشی تہٕ لوکٕٹس موکٕٹس منٛز سیٚٹھی اَکِس سماجی دٲیرس منٛز ہُرِ مےٚ یَژھ
تہٕ پٲنٛسہٕ زُور نہٕ بنِیہے۔ مےٚ ہیوٚت ۱۹۵۰ ع منٛز لیکھُن یُیلہٕ بہٕ سری نگر ایس
پی۔ سکالجہٕ پیران اوسُس۔ کالجس منٛز اوس دٔدیو ژٕرُیوٚ پروفیسر اکھ لِٹریری
کاب بنوومُت۔ پٔرتھ ہفتہٕ آسہٕ امہٕ لِٹریری کلبٕچ میٹنگ سپدان۔ یتھ منٛز
کانٛہہ کانٛہہ لٔڑکہٕ نظم بیتری پران اوس۔ مےٚ آسہٕ نہٕ اتھ کلبس سٕتی کانٛہہ
دِلچسپی مگر بٔس لٔڑکہٕ امہٕ کلبُک سیکریٹری اوس، سُہ اوس ہاٲی سکوٗلس منٛز
میٲنی ہم جماعت۔ تٔمی کوٚر مےٚ میٹنگ منٛز شٲمِل گژھنہٕ باپتھ زور تہٕ اکہٕ
دوہ لیوٚکھُن پانٕے نِہ میٹنگِہ ہنٛدِس ایجنڈاہس منٛز میٲنی ناو نہٕ۔ مےٚ زون
زِ بہٕ چھُس تِتھ ژالس منٛز یِمہٕ منٛز نیرُنک کانٛہہ دٔپاے چھُنہٕ۔ ایجنڈاہس
منٛز ناو آسِتھ نہٕ اگر بہٕ ژُورِ روزٕ یا ژلہٕ مےٚ کرٕن جُرمانہٕ نتہٕ دِتم بیٛیہ
کانٛہہ سزا۔ مےٚ تُل کھوژان کھوژان گوڈٕ نکہٕ پھِرِ قلم اتھس کیتھہٕ تہٕ یتھہٕ پانٕچھ
تیتھہٕ پانٕچھ لیکھِم صفحہٕ نادہٕ تہٕ یہٕ لیوٚکھُم تِتھہٕ نَقوٗم ناو "ایک تھا راجہ"۔
اتھ کتھہٕ منٛز اوس اکھ راز مگر تمہٕ آس تِمن شُرِن ہُنٛز نہٕ ہیم سو کتھ

کرِتھ ۔ یِمہٕ برونٹھ کینہہ اوس شاعر یا اَدیب ژُھنہٕ سیٹھا تھوٚد تصوٗر
شاعر چھُنہٕ پانسہٕ یا شعوٗرٕ بابتھ ہُلی کہٕ پننہٕ نین جذباتن، خابن آدرشن
ہُنز بادتھ کرنہٕ خاطرٕ کانہہ تخلیق تیار کران۔ سُہ چھُ خوشیو نہٕ یا کھروٚتہٕ پٔزرٕ کیو
دوٚشوے بُتھو پیٹھہٕ پردٕ تُلِتھ لوٗکھ حقیقت نِش آگاہ کران تہٕ ڈٔنی یاہ بہتر
بناونچہٕ عظیم کامہِ منز پننہٕ مقدوٗرٕ حسابہٕ اکھ لوٗکٕٹ موکٕٹ رول ادا کران۔ یِمے
باہہوہمٹ شُندہ یہٕ گیان چھا دیارن ہُنز لوٗزا۔ خبر کس رازس شاعر نارکھ بادِتھ
آسہٕ ہے سُہ سوٚتہٕ ناٹکی وتان نہٕ پانس آچاریہ وتان۔ ژٕکہٕ ناکاشرِ سُہ تہٕ بٔڈ۔
مگر ازلیالہٕ یہٕ بڈیومُت نہٕ پٔرون "ملینیم" ترٲوِتھ نوٚس ملینیمس
منز ژامُت نہٕ تھ۔ یِمے چھُ فکری توٚرمت زمٕٹ آچارِین یہٕ دٔنمُت چھُ تی
چھُ پٔزر نہٕ یتھ یہٕ پٔزر اوسُس مانان، سُہ اوس میوٗن ژرم نہٕ نہٕ ٹاسکایہٕ
حقیقتھ چھِ یہٕ زِ یُس کانہہ نہٕ شاعر یا ادیب یہٕ کینہہ تہٕ لیکھان چھُ تہٕ
چھُ شعوٗرٕ تھ ژٕراونہٕ کہٕ غرضہٕ لیکھان یا روپیہٕ کماونہٕ خاطرٕ۔ یا اکی ہُنزِ ستی چھ
دوشوے شکار مانی پٔرھان سوٗن ترِلل دیہ یا کٔپر آسہن نہٕ دولتکی ٹمہن
وٕدیتھ۔ مگر ہُنزِ تاریف بوٗزِتھ نہٕ پتہٕ پتہٕ پکن والین ہُنز عقیدتھ تہٕ لول
وُچھِتھ آسہن تم نہٕ خوشے گژھان نہٕ نوٚو نوٚو واکھ یا شعر وَنان۔ توحالہٕ
چھُس اکھ موٗلی افسانہٕ نِگار نہٕ ڈراما نِگار۔ یہٕ ستھ پاٹھی ہیکہٕ یمہٕ ہُنزِ نِش
اِنکار کٔرِتھ زِ اگر تہٕ یِمے افسانہٕ بہتری لیکھتھ پٲنزٕ ژوٗر یا کم زیادٕ واہ واہ آسہٕ
ہے یا ان ایمے آسہٕ ہے کرتام لیکھن ترووُمت ۔

تہٕ نمہٕ نِش کینژھہٕ ہیچھنہٕ خٲطرٕ اوس تمے پننٕ پان برونٛہہ تیار تھوومت۔ تنقید
کرٕ پروفیسر جیالال کولن شوٗرُو۔ تس اوس افسانہٕ کہٕ موضوٗع کھوتہٕ تیکنیکس زیادٕ
پسند آمت۔ تمنٛز رایہ آس زِ یُس افسانہٕ اَمِس پیٹھ افسانہٕ چھِ وتہٕ ڈلتھ ناولہٕ ہنٛز
وتہٕ راوان باسان۔ اوس تہٕ چھ افسانہٕ نِگارَن ہیتی میہو ووئو ثرہیو جملوٕ ہنٛز چابک
دستی کِنی یوٗت تہٕ بلکہٕ منطقی طور تہٕ واپس افسانوی وتہٕ پیٹھ انمت۔ میٹنگ منٛز
موجود باقی دانشورو کٔر پروفیسر جیالال کول سٕنٛزِ کتھ تائید۔ اردوٗ تہٕ (ہندی یک تہٕ)
مشہوٗر شاعر تہٕ ناول نِگار مرحوم راہی معصوم رضا تہٕ اوس تمن دوہن کٔشیرِ
تہٕ اتھ محفلہٕ منٛز اوس سُہ تہٕ موجود۔ پننہٕ جایہ تھوود وۄتھتھ آو سُہ تمے نِش تہٕ زِ چھک
یکجا ہاوان دِنیتم حکم۔ "کھڑے ہو جاو" یہٕ وۄچھتھ تھوود تمہ ڑوٗمس بہٕ نالہٕ منہٕ
تہٕ ڈیکس کوٗرنم میوٗٹھ۔ خبر راہی رضا معصوم سُند سُہ ڈیکس میوٗٹھ کرُنے ما چھہ
اَز تام تمے افسانہٕ بیتری لیکھناوان۔ از تہٕ بیلہٕ ساتہر متیاہن "شمشان وٲراگ"
"اَتھ صاحب بیاکھ صاحب" "عریان کتھ" "ڈاے گنٹہٕ" تہٕ بےیِن افسانَن
وتن چھ گھریوان" نانک گرو بند دستارہ ہیوین ڈرامہ ہَن تاریف کران چھ
تہٕ چھ باسان زَن تمے جنتی ڈاکٹر راہی معصوم رضا چھ تمے ڈیکس میوٗٹھ کران۔
کلچرل کانفرنس چھِ تتھہ ادبی محفلہٕ منٛز پۄرمت میٚنون تمے افسانہٕ "شوبھا" چھپیوو
پتہٕ مرحوم شمیم احمد شمیم صاحبن ہمکہ اطلاعات کِس "تعمیر" رسالس منٛز۔
۱۹۶۷ء تام اوس یہٕ گوڈٕ گوڈٕ اوردوٗہس منٛز تہٕ پتہٕ ہندی یس منٛزے

بوزان آسی۔ یتھ میٹنگہِ منز یمے نیٹہٕ وِنیو زنگو تہٕ شاگنس گھرِ پٔتر آوازِ بستی تہٕ صفہ تاپہٕ پرِتھ ژٕھنی تِمہٕ صدارت اوس پروفیسر نصراللہ کران۔ سُہ اوس تِمن دوہن کالجس منز کمسٹری پرناوان تہٕ پتہٕ بنیوو چیف سیکریٹری۔ صدارتی تقریرس منز کٔر تِمو میاِنس لیکھنس تاریف۔ وۄنی تہٕ تِمو چھ لیٹریری کلب کین اکثر میٹنگن منز شرکت کٔرمژ۔ واریاہ نظمہٕ تہٕ مضمون چھِم بوزِمتی۔ مگر اَز تیک یہٕ "ایک تھا راجہ" چھُہ تِمن سارِنی سرس۔ صدارتی تقریر بوزِتھ گوے گمہٕ شران۔ لڑکو تہٕ پروفیسرو کوٚرمے مُبارک۔ اکھ سیوٚد سادٕ بیہٕ کوٚٹ لیس تہٕ کانٛہہ زانہِ ہے ہیتوٚن دوٚنی دہِن پتہٕ لڑکن تہٕ ژرن ژون پروفیسرن دٕیود روزٕن۔ خبر اتھو وِنہٕ وا یتھ بڑاوٕن کینہٕ انتزامی آسِتھ زان حاصل گٔرژی کینہٕ کیٚنژھ تہٕ" آسہٕ پتہٕ" کانٛہہ آسن؟ خاطر یہِ ونیوس تہٕ ونیوس بہٕ وِنہٕ یی زِ اہہ واقف ژٕبیٹ ییمے سُہ جذبہٕ، سُہ سزر سُہ ژٕرسہ یا دکہٕ یُس ییمے تِنہٕ پیٹھ از تام لیکھناوان چھُہ۔

یتھے اکھ واقعہ سیّد پانژھ وری پتہٕ ۱۹۵۵ء منز۔ تِمن دوہن اوس کشیرِ منڈ سادِوے کھوتہٕ بوٚڈ ادبی مرکز کلچرل کانفرنس یتھ تحت ریزیڈنسی روڈ، سرینگرِ پٔرتھ ہفتہٕ ادبی محفل لگان آس یتھ منز نادم، راہی، کامل، اختر، زتشی بیتر شاعر تہٕ افسانہٕ نگار پننہٕ تخلیقہٕ پران آسہ تہٕ پروفیسر جیالال کول پروفیسر فدا حُسین جرنلسٹ پران ناتھ جلالی ہیوی دانشور آسی تِمن تخلیقن پیٹھ تبصرہ کران۔ یِمن بڈین ادیبن دانشورن بروٚنہہ کنہٕ افسانہٕ پرنک موقہ مِیوٚل اکہِ دوہہ بیہہ افسانہٕ پرِتھ بیوٚٹھس بہٕ لوتی پننہٕ جایہِ زٕھبن ہنز تنقید تہٕ نکتہٕ چینی بوزنہٕ۔

یِہ سہ مثیاًزٕ گاہے دوست ورتاوان آسے۔ مگر سیٚتی سوٗچُم زِ اگر بہٕ پننہٕ مُحلیچ یا ماحولیچ زبانہِ ورتاوٕ سٟتؠ ماریاہ کاتھہٕ؟ سٟتؠ ژھُن پٔنن کاشُر گوٚڈٕ نیک اَفسانہٕ لیکھتھ یُس شیرازٕکس تِمہِ خاص شُمارس منٛز "تاپھ" عُنوانس تحت چھپیوٚ۔ دسلابہٕ گو جانہٕ۔ کاشرِ ادب نوازن آو افسانہٕ پسند۔ افسانک ہِندی ترجمہ تہٕ کوٗر لوٗکن خوش تہٕ ہِندی پیٚٹھے گو اُمبیک گجراتی، مراٹھی، تامِل، تیلگو تہٕ دوٚیمین زبانن منٛز تہٕ ترجمہ۔ ازکل چھُ امہِ افسانک ترجمہ انٹرنیٹ ذریعہ کمپیوٹرس پیٚٹھ تہٕ دستیاب "تاپھ" پتہٕ لیکھم سٟتؠ صرف کاشرس منٛزے اَفسانہٕ۔ وُنیکتام چھم کاشرس منٛز ژتجے افسانہٕ سٛومبرن چھاپٕ مژرتہٕ ژھُوری مہِ سٛومبرنہِ چھِ کیتاہتھ سپدان ڈراما تہٕ لیکھم واریاہ مگر کیتابہٕ ہِندس رٔنس منٛز چھُ اکوے چھپیومُت "ناٹک کُروٚمہ" مُختصر ونہِ بہٕ ییتھ پاٹھی زِ سٟتؠ چھُ باسان زِ سٟتؠ یُش چھُ ونُن لایکھ کینہہ یُس سٟتؠ ونُن تنگِ تہٕ پرن والین پسند پیہ۔ تہٕ ییہوے چھُ شہ شوق، شہ جنوٗن تہٕ شہ اطمینان) یُس سٟتؠ ازتام لیکھناوان چھُ۔

ووٚنی چھُ سوال زِ بہٕ کیتھ پاٹھی چھُس لیکھان؟ انسان چھُ پننہِ زِندگی منٛز واریاہ کینہہ وُچھان۔ واریاہ کینہہ تہٕ محسوس کران یمو منٛز چھِ کینہہ احساس اکٕندس دِلس شُتھ گژھان، کینہہ دِماغس کھٔنتھ گژھان تہٕ کینہہ لاشعورس منٛز ژھیپھ ہیوان۔ سٟتؠ گژھتہٕ چھُ یِی سپدان۔ کُنہ ساعتہٕ چھُ مثیاًرس لاشعورس منٛز دفن کانہہ احساس یا تجربہ کلہ کڈان تہٕ میون شعور چھُ تتھ ییتھ پاٹھی سجاوان زِ تتھ چھُپنہ صرف نو صورتے یاتٕ میلان۔ بلکہٕ زٕو تہٕ چھُس اژان

لیکھان تہٕ مثالی افسانہٕ آسہٕ ہندی کین اعلیٰ تہٕ مشہور رسالن منٛز چھپان۔ اَکھ مِس ڈہلِس منٛز چلییہٕ ہندی افسانس منٛز سمانتر کہانی (متوازی افسانہٕ) ناوٕ اکھ تحریک تہٕ یہ تہٕ اوسُس اَمہِ تحریکہِ ہُنٛد اکھ ناو الہِ پلہِ دہن وُرہین رُودُس یہ صرف ہندیس منٛزے لیکھان۔ اَتھ ضِمنس منٛز ییم بیاکھ اکھ کتھ یاد۔ اَکِس محفلہِ منٛز یُس یہِمہِ وُرہِکہِ ساہتیہ اکادمی ایوارڈ دِنہٕ کِس سِلسلس منٛز مُنعقد کرنہٕ آمُت آس، دُوت ہندِکہِ معروف عالم تہٕ نقاد ڈاکٹر نامور سِنگھن مے برونٛہہ کنہِ ساہتیہ اکادمی منٛز کاشر ادبُک ترجمانی کرن والِس ایگزیکیوٹو ممبر پروفیسر مشعل سُلطانپوری صابس زِ ہری کرشن کول اوس ہندی پاٹھی جان افسانہٕ لیکھان یمن جان تنقیدی توجہ (critical attention) تہٕ میلان اوسُس۔ مگر اَمِس باسیو زِ ہندی والٕی ناماتن نہٕ مے کیتھہٕ نہٕ ہیوٗتُن کاشرِ پاٹھی لیکھُن۔ ہندی والیو ہیٚژ یوٚد شہ ماتن مگر توٚہی کاشرِ چھیو نہٕ اَمِس مانِنہٕ خاطر تیار۔ خبر کیازِ؟

یمن دوہن منٛز یہ ہندیس منٛزے لیکھان اوسُس تمن دوہن تہٕ اوسُس یہ کاشرِ ہن اَدیبن ہستی دوستھاتھ بہان یمن ہندی ادبس ستی کانٛہہ وابستگی یا دِلچسپی آس نہٕ۔ اکہِ دوہہ وَون جناب اَمہِ ین کاملن تے سیٚتھو دُسے زِ اَسہِ چھاپے نہٕ تِہ کیاہ چھُکھ لیکھان؟ کامل صاب آس تمن دوہن ریاستی کلچرل اکیڈمی ہُنٛد شیرازہٕ تہٕ ترتیب دِوان۔ کینٛہہ دوہہ پتے واتٕ مے تہنٛز چِھٹھ زِ شیرازُک خاص شُمارٕ "اَزیک کاشُر افسانہٕ" خاطر گژھِ تمن جلد از جلد میون افسانہٕ واتُن۔ چِھٹھ پٔرِتھ گوس بہٕ پریشان۔ مے اوس نہٕ تتھ کاشرِ زبٲنی پیٹھ عبور،

اۆڈس یا ڈۆنس گٔنٹس تام اسہِ اکھ افسانہٕ لیکھِتھ دیُن۔ بہٕ رُدُس زٕ یا دے نازکی صاحبن تارٕ سے کتھ مکرٕی۔ "چمن" نیرنس گو ٹیمہِ لیٛہ ژیر۔ از باہ بجے پیہ کاتبس مواد دِنہٕ۔ مگر پُنٛژن مین دوون صفن خاطر چھُنہٕ اَسہِ کہنی لیکھِتھ۔ ژٕ دِیتہٕ رَسہٕ زٕ صفہٕ بَرِتھ تہٕ اَسی کرَو وقتس پیٹھ کاتبس مواد حوالہٕ۔

دٕشوٕے ڈرامہٕ تہٕ تمے آیہِ نیٚبرٕ کنہِ حاصل تھوونہٕ۔ تمے باسیوو سوٗرے کینٛہہ عجیب۔ سوٗچم زِ اگر تمے خانہٕ مول پاتے سوٗکوُل آسہے نہٕ ژھراوُن پیوٚمُت بہٕ آمہ ہا نہٕ پیٹھ تاونس لوٗگمُت۔ پٔژن لوکچار، لوکچارک ژاٹہ ہال، ژاٹہٕ باجہ۔ تہنٛز تہٕ پننۍ عزت سوٗرے کینٛہہ پیوٚم یاد تہٕ اکھ افسانہٕ زاو۔ اَکِس لوکٕٹس موکٕلس واقس پیٹھ بیاکھ لوکٕٹ واقہٕ۔ پیتہٕ بیاکھ افسانہٕ اوسُس لیکھاتے زِ اخترٕ صاحب ژاو کمرس منٛز۔ یہٕ تمے لیوٚکھمُت اوس تہٕ پٔرِتھ وونُن زِ افسانہٕ چھُہ جان تہٕ اخبارکیو دۆیو صفو خاطرٕ کافی۔ افسانہٕ چھپیوو "چمن" اخبارس منٛز مگر تمے آو نہٕ تسلی۔ تمے پکنووٕ تمیے یہٕ ہن بروٚنہہ۔ واقس پیٹھ واقہٕ۔ افسانہٕ بنیوو واقاتن ہنٛز ہانکل۔ بہٕ گوس پریشان زِ دۆن ڈۆنکیٛن ہا کٔرس اَنٛد۔ اکہِ دۆہہ پیوٚم ہنگہٕ منگہٕ طُون زِ افسانہٕ چھُہ تہنٛز کتھ یم قومی کاروانس سٕتۍ پکِتھ تہٕ تتہٕ رودی پتھے بروٚنٹھہ آسی۔ تہٕ وٲنۍ دانٛد سنٛدی پاٹھۍ۔ تمے کوٚر افسانس کمی واقہٕ یتۍ اَنٛد تیمہِ ستۍ ابتدا اوس مَس کوٚرُت۔ یوٚہے طویل افسانہٕ "پگاہ" چھُہ بیانہٕ گوڈنیچ افسانہٕ سوٗمبرنا "پیتہٕ لاران پیرمتھ" ہنٛدِ آخری افسانہ۔ آتھ افسانس تہٕ سٕیٛد ہنٛدی انگریزی تہٕ بییہ کینٛژن زبانن منٛز ترجمہٕ۔ تمن دوہن اوس ہندوستانک اکھ بوٚڈ پبلشر پٔرتھ ڈریہ ڈریہ کٔمن بہترین افسانن ہنٛد مجموعہ چھاپان۔ "پگاہ"

تہٕ میانہٕ دٕسہ چھہ ساںٛہر افسانہٕ یا ڈراما لیکھنہٕ پوان۔ بیاکھ اکھ واقعہ کرٕ عرض آسہٕ ہے۔ ۲۷-۱۹۷۴ء۔ بہٕ اوسس تمن دوہن امر سنگھ کالجس منز پرناوان۔ گوڈنیک کلاس اوسم باہ بجے رٹنٕ آسان بہٕ اوسس کاہ بجے باگہٕ گرٕ نیران۔ مگر اکہ دوہ پیو مے ساڑھے نو بجہ گرٕ نیرُن۔ میون لوکٹ نیچُو اوس بال گارڈنہٕ اکس 'ماڈرن' پرایمری سکولس منز پران۔ امہ دوہ پیو مے شہ پانے سکول ترٲوُن۔ لڑکہ سکولہ ترٲوتھ گوس بہٕ پریشان زِ بہٕ کوت گژھ پانہٕ؟ یا سلہ کیا کرٕ کالجہ؟ مے پیو ظہوٗن زِ سٹرکہ اپارٕ بیٹھ مالنہٕ چھہ فیلڈ سروے آرگنائزیشنس منز تم زٕ شخص کام کران یم زٕ تھی آسہ تہٕ میانی دوس بہٕ چھہ۔ اکھ اوس آرگنائزیشنِ ہُندٕ ڈایریکٹر سینیر افسانہٕ نگار اختر محی الدین تہٕ بیاکھ اوس بزرگ شاعر مرحوم غلام رسول نازکی یس ریڈیو کشمیر منزٕ رٹایر گژھتھ آرگنائزیشنِ ہُندٕ اخبار چمن چلاوان) اوس۔ بہٕ گوس خوش زِ دوشوےنے ستی دربارٕ کرتھ نیرٕ گنہٕ ڈوڈ گنٹہٕ شونتھ ہیو۔

اختر صاحب تہٕ نازکی صاحب آسی اکے کمرٕ منز بہتھ۔ مے وچھ زن آیہٕ تمن ترٕ چھے۔ اختر صاحب ووٗنُکھ نازکی صابس "ہتہٕ چھی خوداین ڈیتھنے- پاسے داڑھتھ" بہٕ گوس (تیار)۔ موجہتھ گو پوٗرٕ مگر کوتاہ؟ مے پرژھکھ نیل کیا چھو؟ نوبر دوہ پانم تہٕ کرتہ سوہ بہٕ۔ اختر صابن اتہٕ آو چرار سبس اتھ مگر ریٹ ڈبہٕ وژھناتے۔ ووٗنام بہٕ گچھ مگر یا ڈبہٕ بہٕ چھپے ماچس۔ اسی ڈرایہ کمرٕ منزٕ نیبرٕ کنی تھوُت باسنکل۔ حاجتھ رفا کرنہٕ خاطرٕ چھپے بانھ زٕم کمرس ستی۔ دیہہ پینداہہ منٹ پتہ واتی چاے کپ تہٕ۔ ترٕے چھہ حرف

ہلہن کلہن ہوٲی تخیلن ہنٛہ کینٛژہہ۔

تِمے ییٚنہٕ پٲٹھۍ تہٕ یہٕ کینٛژہہ لیٚوکھمُت چھُم تہٕ چھُم اِنسانس تہٕ زِندگی مُتلق لیوکھمُت۔ ہیم اِنسان (رٕنٛژ یا بد) تہٕ زِندگی (میٹھ یا ٹیٹھ) چھِہ تِمے کٲشرِہن تہٕ کٔشیر مشرے ژھانڈِتھ میٚیانہٕ سارۍ کِردار چھِہ کٲشرۍ۔ اگر کُنہِ جایہِ کانٛہہ غار کٲشُر تہٕ ڈٔرمُٹھی گژھان آسہِ۔ سُہ آسہِ معاوِن کِردار۔ میانِہن ییمن افسانن ہُنٛد لوکال (locale) کٔشیر نیٚبر ہِنٛدوستانُک کانٛہہ شہر۔ (تاپہ ییتھ رازدانے، ڈاے گنٛٹہٕ بیترِ) یا ہِنٛدوستان نیبر مِصرُچ رازدانٛی قاہرہ یا گھانایہِ افریقہٕہُک کانٛہہ ازٲنٛ شہر (اوٗگنٛج) آسہِ تِمن ہِنٛدۍ اہم کِردار تہٕ آسن کٲشرۍ حرف کٲشرۍ۔

بھان صاب :- مےٚ نیشہٕ چھُنہٕ کینٛہہ تکیازِ یہِ ریڈیو پیٹھٕ وۄدن تمہِ چیٖہ سارے کاپیہ چھےٚ ریڈیو کشیٖرِ ہیٚہ پیٹھٕ مسلٕنٕ زۄنہٕ ڈبٕ" اتھ منٛز طنز و مزاح باقےٚ باقہٕ چیٖزٕ مےٚ چھُ باسان امہِ منٛز آسن اکھ یا زٕ موجود یا باقےٚ ڈراما آسہِ یا باقہٕ چیٖز تِم چھِ سیٹھا کم لیکھنہٕ۔ تِہُنٛز مۄنشٕ چھُ کم کاسہٕ تِتہٕ تکیازِ تِہُنٛز رایلٹی چھِ مُنٛزی مُنٛزی داتان لہٰذا آسنکھ تِم کینٛہہ۔

یہٕ ما اوس دیہاغس منٛز زِ پانٛژ دہِ دُہہِ پیتہٕ کیا نیٖدِ۔ امیک اوس تہٕ کانٛہہ باش۔ بیٚیہ اگر خبر آسہِ ہے زِ یہِ چھُ سپدن وول اُسے تھۄوہٕ بچاوِتھ۔ ریکارڈ کرِتھ۔

چھکھ زبٲنی یاد۔ اَتھ منز چھےٚ اکثر غزلہٕ رۆمانٹک رنگ ہیتھ وۄدو تہٕ دگ وتھرٕ ھناوان اکثر غزلہٕ آیہٕ تمہِ وقتہٕ گیوٚنہٕ تہٕ لۄکن منز سیٚد باغوان منقبول۔ دۄیم کتاب لیوٚکھ باغوان صاٚبن تمِنے دوہن چھاپ کرناوٕ تہٕ تتھ چھُ ناو "شارکا دیا" یہ چھےٚ بجھن تہٕ لیلاین ہنز سومبرن۔ اَتھی منز سیٚد گوڈنچ لیلہٕ "زگت ماتا سِے درشن ہاو" بجھن چھاپ لیس تتہٕ پیٚٹھٕ از تام تمی شرداہہٕ تہٕ لولہٕ سان گیوٚنہٕ یوان چھُ۔ یتھ پاٹھی مُلہٕ مُلہٕ دلپری آنگنس منز تمہِ وقتہٕ کس مشہور گلوکار گوپی ناتھس سٟتی اکہٕ آلبم دوہ ہیتہٕ بدلو آرہی تیمو یژھ تہٕ تیژھ سان گیوٚو۔ یمو سے چھُ سُہ بجھن یمہ باغوان صاٚب معروف بناوتہٕ یہ بجھن چھُ پننہ تعصبکہٕ لایق پیچھان بنیومت۔

بزمِ ادب اننت ناگس سٟتی والبتہٕ آسنہٕ کنہٕ سیٚد یمن ریاستہٕ کین باقی نامی شاعرن یانے مرزا عارف، دینا ناتھ نادم، عبدالستار رنجور، ارجن دیو مجبور، رحمان راہی امین کامل ہیوٚہن بہلہٕ پایہٕ ادیبن سٟتی تعارف تہٕ رۆزی محفلن منز یمن سٟتی شرکت کران تہٕ ترقی پسندی ہنٛد شیپر تہٕ چوان۔ مہجور صاٚبس سٟتی تہٕ آسکھ تعلقات۔

باغوان صاٚبنہٕ ونہٕ مطابق آسو سٟتی چھُ مجبور صاٚب تمن دوہن ۷-۸-۵ سکولس منز نوکری کران۔ مجبور صاٚب چھُ ٹیچرس ایسوسی ایشن کین باقی ممبرو منز اکھ تہٕ اہندٕ سے دلیس پیٚٹھ چھےٚ اننت ناگ ضلس منز باغوان صاٚبن ٹیچرس ایسوسی ایشن بناو منز یتھ یم ہنرن وریّن تام سکریٹری رۆزی۔ تہٕ عوٚیہٕ پوٚ یمن تمہِ وقتہٕ تراوٕن ییلہٕ شری تریلوکی ناتھ تکوٗ تہٕ مکھن لال وازس سٟتی رلتھ یمن سپریم کورٹس منز تتھ ظلمس خلاف مقدمہ پیوٚ کرُن لیس تمہِ وقتہٕ حکومت جموں وکشمیرن مسلمانن الگ تہٕ بٹن الگ

لڑکن کِتابہٕ فیس وغیرٕ مہیا کرِتھ اَنھ رُوٹ کران۔ "اَنھ لرٕ لوَر ہندُوٚن دِ لیبج اپ لِفٹ ڈرامٹک کلب"۔ اَمہِ کلبہٕ زیرِ بہ رودُس یِم پَنٕنہِ شوقین ساتھی ہیتھ جایہ جایہ جلسہٕ کران تہٕ سبق آموز ڈراما تہٕ ہاوان۔ لڑکن رودی تالیم حاصل کرنس کُن راغب کران تہٕ یمیتہٕ کُنہِ خلس منز ماکہِ آسہٕ ہے تہٕ نیتہٕ آسی پَنٕنہِ جماعتھ ہیتھ سوشل سروِس کران۔

چونکہ بہٕ اوس دوئی F-A گورمنٹ تہٕ لہذا کورکھ 'B-Sc' نہٕ۔ ٹیکنکل سکولس منز کورکھ سپننگ ویونگ تہٕ ڈراینگ کرنک کورس تہٕ پاس۔ تہٕ یتھ پاٹھی لوگ بہٕ ۱۹۴۰ عیسوی یس منز محکمہ تالیمس منز وونستاد۔ اَتھی دوران کر بہٕ گریجویشن تہٕ پتہٕ BEC ٹریننگ تہٕ۔ لیکن پَنٕنہِ قابلیت تہٕ زہانتہٕ کنی نیوکھ باعوان ماب موبایل ٹریننگ سکوارس منز لیس وو ستادن اوس تالیم دینہٕ کیمن نوین طریقن ہنز جانکاری تہٕ کرناوان تہٕ نوو طریقو پیٹھ پرناوُن تہٕ ہیچھناوُن۔ اَتہٕ نیہ باعوان ماین دد بہٕ پھر گزیٹڈ پرموشن بینامہٕ زنگی — چھیکرس آو ۵۳ ہس منز Mobile Training sqd. بند باعوان سوزکھ ٹیچرس ٹریننگ سکولس منز۔ یمیتہٕ یم ۲۳ ہن وری ین کام رودی کران۔ بہٕ نیہ گزیٹڈ پرموشن تہٕ اَتھی اِدارس منز۔

اَتھی دورانس منز بناو بہٕ باقین ساتھین سیتی رلتھ بزمِ ادب مگر یمیہ وقتہٕ بہٕ پنٕنی گوڈنچ شاہ سومبرن چھاپ کرتھ وفتہٕ اوس بہٕ ۲۵ ووہر اتھ اوس نالہ دِل ناو امپیک چھنہٕ کیمن کانہہ نو سنجہ موجود مگر کینہہ شار

ڈیکچ چھِ غُلام نبی ناظر کوٚ ونگامی تہٕ ترتیب دِتمٕژ یَتہٕ سنٹرل انسٹی ٹیوٹ آف انڈین لینگویجز، میسورَن تہٕ چھِ "کاشرِ ڈیکچ ڈِکشنری" ناوی کِتاب چھاپ کٔرِتھ یتھ ٹیمیک ایڈیٹر امکار کول چھُ۔ سایِہ دِ کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ باغوان صاًبن چھُ بھاگوتس "کاشُر منظوم ترجمہٕ" کوٚرمُت۔ اَتھ چھِ باہ سکند یِیتھ ترجمہٕ وُنژکین ۱۴۶۵ فُل سکیپ صفحن پیٹھ مُشتمِل چھُ۔ یِمَو چھُ یہِ بھاگوت یتھ پاٹھی شروٗع کوٚرمُت۔

شرن یہٕ آسے از ہیتھ ساری     شری کرشنہٕ گووِندہٕ ہرے مُراری
اَنوگرہ پیٹھٕ از کرِتھ جاری     شری کرشنہٕ گووِندہٕ ہرے مُراری

بھگوان کرشن سِندس زنم ہٕنس مُتعلق بھاگوتہٕ منزٕ کُس سُہ وَرنٕن یتھ پاٹھی نظموومُت۔

باًدرِ گٹہٕ پچھ آٹھم تہٕ بُدوار     شری کرشنن اُمی راتھ ہیوٚتنہٕ اوتار
دیوتا آیہٕ تیرتھ اندہٕ سمیتھ ساری     گٔرکھ رنگہٕ رنگہٕ زٔنس پوشنہٕ بآری
باغن تےٚ وٕنن لگی پوش پھولتے     جانور لگی خوشی سیتۍ بولہٕ کرنے
گندرو آسی تیرتھ اندہٕ باجہٕ وایان     وِگنہٕ آسہٕ تیرتھ اندہٕ لولہٕ وٕنہٕ ناوان
اپسرایہٕ آسہٕ اکہٕ اندہٕ نژان تی     رِشی آسی تیرتھ اندہٕ کیرتن کران تی
نعبہ آس راتھ نکھتر زوٗنی اوس     دیوکی یمہٕ وِزِ بھگوان تھنہٕ پیوٚس
تھنہٕ پیلہٕ پیوتہٕ انوگرہ کوٚرنکھ     درشُن ماجہٕ ماًلس پوٗرہٕ دِیت نکھ
ژندرہٕ ہہٕ موٗختہٕ اُچھ پمپوش آسس     ناًل لاًگتھ رچھی مالہٕ آسس
ژوٚر تۍ نوٗرہٕ روٗپ دٔرِتھ اوس بگوان     آبوشن تٔمِس کیا آسی شوبان

یہِ منظوم بھاگوت چھُ ڈیکین کِتابت کہو مطلوٗ منزٕ گُذران تہٕ یِیتھ تقریباً ژدہ صحن منزٕ چھاپ۔ باغوان صاًب چھِ یتھ کنۍ گوٚڈنیک کاشُر شاعر یمو بھاگوتس کاشُر منظوم ترجمہٕ کوٚر۔

سینیارٹی قایم کرنہٕ خاطر مُسلمن ہنٛدِ خاطر ترقی ہنٛدی درواز بنٛد کرِ متہٕ اسۍ۔ یہ مُقدمہٕ زیوٗن یِمو اَکرس۔

باغوان چھُہ از تہٕ آل اِنڈیا کشمیری پنڈت ویلفیر سوٗسایٹی ہنٛد وارکِنگ پریزیڈنٹ یمیٚتہٕ یِموٚ کاشرِ ین بٹن ہنٛدِین اِملاکس پیٚٹھ ساسہٕ بوٚد روٗپیہٕ خرچ آو دِتھ تمہٕ کِس تامیرس کُن خاص توجہ دِیت۔

باغوان اوس بروٚنہہ پیٚٹھے سوٗشل ریفارمک پارٹی کار تہٕ سماجی بدتن تہٕ بُرایین اوس وِزوٚت دِیُن یژھان۔ اُمی کُر امہٕ باپتھ زبردس جدوجہد تہٕ انٛت ناگ خلس مَنٛز کرنووُن وارِیاہن کورِ مالین اُمہٕ تحریکہٕ سۍ اَتھ وَزٕ تہٕ داجہٕ کہ بدتہٕ نش دُتن وارِیاہن نجاتھ۔ مگر حقیقتِ کورِ مول مُتلن پانہٕ اُمہٕ اصوٗلہٕ موکھ وارِیاہ تکلیف۔

باغوانس چھُہ قدرتن حساس طبیعت عطا کوٗرمُت۔ تہٕ یِمو چیزو سِتیٚ مُتاثِر گوٚمُت چھُہ تی چھُہ اُمی سٕنٛزِ شاعری مَنٛز تہٕ لبنہٕ یِوان۔ حال حالے سپٕز باغوان صابنہٕ تریے کِتابہٕ اِجرا۔ "تیٚژھ تابہٕ" چھے یِہنٛز شارٕ سوٗمبرن۔ اَتھ منٛز چھِ سماجی بدتَو سِتیٚ مُتاثِر گٔژھِتھ لیکھنہٕ آمتی چیز۔ یہ تہٕ چھُہ نَنان زِ باغوان چھُہ اِبتدایی دورس منٛز ترقی پسند تحریکہٕ سِتیٚ مُتاثِر سپدمُت۔

یِہنٛز دوٚیِم کِتاب چھے لیلایہٕ شاعری۔ اَتھ منٛز چھِ مُختلف کُنن تہٕ لیلایہٕ یِمہٕ باغوان صابن وقتہٕ وقتہٕ لیچھمٕژ چھے۔ اَتھ کِتابہٕ چھُہ ناو "اَچھر گوٗندی" یہ چھِ دیوناگری رسمِ خطس منٛز۔ یِہنٛز ترٛیِم کِتاب چھے "موٗختہٕ ڈالی" اَتھ منٛز چھِ پنداہ شعر تہٕ ارہتھ دُریٚتھ تہٕ ژُور ہتھ تہٕ تُرشیٚتھن صفن پیٚٹھ مُشتمل یِمن مانے تہٕ چھُہ سِتیٚ لیکھت حالانکہ

ڈسٹرکٹس منز شوشل ریفارم کرنچ کوشش ۔ اَتھ مُتلق کرنے سیٹھا کأم ۔ پانٔسہٕ تہٕ
لوکُن زُوٗ تہٕ گوم خراب ۔ گامہٕ گامہٕ چھیٚنورُس ۔ قسم آسی کرآن ۔ کیاکیا وَنہٕ پہ کھیاو چھ کام
اکھ ۔ انہٕ اوس اکھ پنڈت جی ۔ تِمس اوس بچہ آرمی منز کیپٹن بنیوٗمُت ۔ نمہٕ پیٹہٕ گو انڈیا
پاکستان جنگ تہٕ بہٕ بچہ سپُد شہید ۔ تمی پتہٕ توہمک قیمتھ تورٕ تمس ۵۰ ساس روپیہ
دوٚنی توٗرُن کورِ خاندر تہٕ ۲۵۰۰۰ روپیہ گأس کھاندرس پیٹھ خرچ پیتہٕ آیہٕ ہیرکتھ تہٕ سہٕ
گو ہیرٕ بوک ہتھ لڑکی نیشہٕ ۔ اَمی دَوپ بہٕ اژ لڑکی ہنند گر تہٕ اتہٕ چھمہٕ چایا وایا ۔ تہٕ ژاس
گرٕ ۔ چایا وایا ہیم تہٕ ژوچہٕ شیُن وغأرٕ لوگ دوٚنی یمو باگرُن ۔ بہٕ ییلہٕ وایس ژاس نالہٕ
منز وُچھم لواسہ جورا یمہٕ آسہٕ ننہٕ والیو ثرأوی پیتی رکہٕ کأنسہٕ آو تہٕ خوش تہٕ کیاہ اَکھ سیتی
اَمسہ سٕنز پھلی تہٕ ہوٚنی جورا آیہٕ تہٕ نموینوٗ کھیتھ ۔ مےٚ وُچھ یہٕ تماشہٕ ۔ دِلس گوم صدمہٕ
مےٚ باسیوو یمَن لواسَن اوس میانِس بچہ سُند خوٗن لارتھ لیُس یمو نالہٕ منز اوس دأرتھ
دِتھمت اوٚ موکھ اُذی مےٚ شوشل ریفارمس منز تہٕزی تہٕ بہٕ بوٗزتھ گو مےٚ ایحساس زِ
unearned پانٔسہٕ کھتھ یاُگو چھہٕ اسی ضایہ کران ۔ مےٚ تج اتھ خلاف آواز تہٕ پیٹہٕ
لگیے لکھ ونہٕ تہٕ زِ بہٕ چھ وگنہٕ باگرتہ تہٕ بہٕ گوس پُرمہٕ ہت ۔ اَمہٕ پتہٕ سپُد مےٚ
عجیب تجربہٕ میانی لڑکی یوسہٕ زَن گُرکچ ہیتٕ آس سیٹھا سوشیل تہٕ شیتل محنت منند
تہٕ گوٗن وان آس تہٕ سیتی آس ٹیچر تہٕ سپُد تہٕ کُنہٕ تہٕ تمی سُند کھاندر سہی ۔ نکیاز گو ہیرٕ
والین باسیوو زِ بہٕ کیا داج دِیہٕ نکیازٕ اَمی چھنا ریفارمچ علم نکھس تجہٕ ۔ پیتہٕ پیو
اعلان کرُن زِ بہٕ نسأ کرنہٕ ریفارم ۔ بہٕ گوس رِفارم کرنس منز ناکام ۔ دوٚنی چھےٚ مےٚ
نوبہٕ تمام دوستن اکھ گذارش کرنی زِ مہربأنی کرتھ گژھو توٚ توہی بیدار تہٕ بہٕ بدتھ دور

# کاشی ناتھ باغوانس سٟتی مُلاقات

بہٕ چھُس شُکرگُزار

سمبرتی ہُنٛد یِمو سٟے موقہٕ دِیت یُوتہٕ نس ہنس ۔ تِہُنٛد درشُن کرُنک تہٕ تمہٕ پتہٕ دِوٚنٛوٚ بادتھ کرُنک بہٕ چھُس نہٕ تیُتھ کانٛہہ بوٚڑ اُمیٖد ہاو پاکھار۔ دوٚنۍ گو توہہٕ سٟتۍ مُلاقات کرنس منٛز چھےٚ سٟے خوٚشی۔

یُوتامتھ سوشل زِندگی ہُنٛد تولُق چھُ مٟے چھےٚ اِنتہٲیی کوٗشش کٔرمٕژ کہٕ بہٕ کرہ ہا سوسایٹی خٲطرٕ کنہٕ طرفہٕ یہٕ کینٛہہ مٟے (Possible) بُٔز بہٕ ۔ مٟے چھُ ڈراماٹک کلب بنوومُت ۔ مٟے چھےٚ آرگنایزیشنہٕ منٛز کٲم کرٕمژ ۔ بحثیت طالب علم چھےٚ مٟے آرگنایزیشن بناومٕژ ۔ بحثیت ٹیچر چھےٚ مٟے ووٚنہ وادٕن خدمت کرٕمژ ۔ مجبوٗر ٲیس تتھ رُتھ آل جموں وکشمیر ٹیچرس آرگنایزیشن انٛنت ناگس منٛز بناومٕژ ۔ اسہٕ دِژکھ اپر ہاوسس منٛز سیٹ۔ مٟے چھےٚ تمہٕ کس ایکشنس منٛز کٲم کرٕمژ ۔ امہٕ علاوٕ کٔرمٕے ہردوداریس مُتلِق کٲم تہٕ بزمِ ادب بناوِمٕے ۔ مگر اَمہٕ برعکس وُچھ مٟے پننہٕ سوسایٹی منٛز کینٛہہ حالات یِم زن بڑٕ تکلیف دِیمہٕ ٲسۍ ۔ مٟے سپدۍ یِہ زِندگی منٛز کینٛہہ عجیب تجربہ لہٰذا کٔرِ مٟے پننہٕ نس

تہٕ جنابِ کاظم میرنٛس پیٹھہٕ ڈایریکٹر آف ایجوکیشن اوس۔ کٔر اَسہِ اَتھ بٔڈہ منزٕ سان تھٔکن لایق کام۔ یہِ اِنسٹیٹیوٹ تیٚلہِ سٮ۪ٹھا مشہور تہٕ اَمہِ چہِ مشہوری ہٕنز خبر آسہٕ باقٕے باقٕے اخبارَن تہٕ نیران۔ اَسہِ وِتہِ پُلوامہٕ، راجپورہ تہٕ بیٚیہِ کیٚنژَن باقین جاین ٹیچرَن تُھوٚرِ گٔژھِتھ پرتاوٕنٕچ ٹریننگ۔ پنٛگلیٚنہ سکوٗلہٕ اوس سینٹر تہٕ اَسہِ کٔر تیٚتھ مستحق زِتتہِ آسہِ تریمہِ جماژ ہٕنٛدۍ بچہِ تہِ گیس بناوان۔ یتہٕ گو مرحوم شیخ عبدالله صاۂبس تہِ سُہ سکوٗل وُچھنک شوق۔ تِم گٔژھِتہ تورٕ تہِ تِمن اوس سورُے کیبنیٹ سٟتی تہٕ سٟنٛز کارکردگی وُچھِتھ گیہِ تِم سٮ۪ٹھا مُتاثِر تہٕ اَتہِ بیٹھی تِم تقریباً پانژَن گنٹَن۔ اَمہِ کھوتہٕ کیا وَنہٕ بہٕ۔ مرحوم شیخ صاۂب ییٚلہِ یتھ آسہِ اولہٕ کِنۍ دوٕیوٚ بچو کٔر لٲرے تہٕ اکھ بچہِ گو شیخ صاۂبس یٮ۪تی کِنۍ تہٕ اَکِس دِیُتنس ڈرِسہٕ۔ تِمس بابِتھ و زِ یتہِ چھُ ماسٹرے۔ شیخ صاۂبن وَوٗنُس کیا سٕۄ دلیل چھ۔ بچَن وَوٗنِس ہۄپی حرف لوے ہتے۔ شیخ صاۂب وَدٕتھ تہٕ گو وَوہمِس بچس نِش تہٕ وَوٗنہٕ تس زِ ژٕ یے کیاہ لو ہیتھ بیٚیمِس بچس۔ تِمو وَوٗنُس۔ اَمی حرف گُرٕ یہِ لیکھ۔ سُہ بچہِ وَدٕ تھس۔ نہٕ حرف یہِ چھُے غلط وَنان۔ اَمی حرف گُڈنم لیکھ۔ آخرس پیٹھ وَوٗنہٕ نکھ دوٚشوٗنی بچَن یہِ پیٚزِ نہٕ کرٕن تہٕ وُدٕتھو دوٚشوے تھوَد تہٕ کٔرِو پانہٕ وٲنٛز نالہٕ موٚت۔ بچَو مون تہٕ نالہٕ موٚت کرٕن کیٚنہہ۔ چھیکرس آو اکھ دوہ شاد تہٕ تِمہِ وَوٗنکھ زِ یِس میٚون گوبُر آسہِ سُہ دوٚشوٕنی جل تہٕ کرِ نالہٕ موٚت لہٰذا وُنھِو دوٚشوے بچہِ یکدم تھوَد تہٕ کوٚر کُھ نالہٕ موٚت۔ بیگ صاۂبن تُرٕوٗت ٹیپ تہٕ وَوٗنُن یہِ حرف گو کارِ نجارِ بدستِ گلکار تہٕ اَتھ پیٹھ شرو سارِنٕے اُسٕن۔

اَسہِ کٔر اَتھ دوران دوہ شادَن ہٕنزِ رہبری خٲطرٕ کیٚنہہ کِتابہٕ تیار یتھ منز کاظِم صاۂبنہٕ ارداہ تہٕ مِثالہِ زِنٛدٕ وۄدٕ کِتابہٕ آسہٕ۔ مگر بدقسمتی کِنۍ سپدۍ مرحوم شیخ محمد عبداللهِ گرفتار

کرنس منزٕ نی تہٕ جوشہٕ خروشہٕ سان حصہ۔

بحثیت شاعر آس مے بڑٕ کوٗر لیچھر۔ تہٕ تیلہٕ تہٕ کُنہٕ جایہ گیون وآتٕ بہٕ بآتھ گیوان آسی بوزن وآتٕ آسی اوٗش ہاران۔ تکیازِ انھہ بآتس منز آس مے نُہر رسمن تہٕ رلواجن ہنٛز وکھنے کرمٕژ۔ یہٕ بآتھ بوزتھ یَتہٕ تیلہٕ بوزن وآتٕ گرگرٕ ھہن تم آسی یِتہٕ تی کران بیہ تِم یِتہٕ دَکھ کران آسی آمتی۔

اُمہِ پتہٕ سپُد مے احساس زِ مے کوٗر یہ سوروے وقت ضایہ۔ یود وآتھ بہٕ کیٛنژھا ایہٕ نتہٕ مُشتھ گوہُٹ اوس تہٕ کوٗر اسہٕ بیتہٕ شروٗع۔ کوتاہ پآٹھہٕ چھِ آسی وُنی کیٛس سٲلن پتھٕ تہٕ ضیافتن پیٹھ خرچ کران۔ اُوتر اوٗترے سپٕز دلیل زِ گنڈنچہٕ تقریبہٕ منز آسہٕ گاڈ، کوکر، گوشتابہٕ تہٕ رِستہٕ تہٕ آسی کبابہٕ ببتبر ضیافژ رنگہٕ پیش کرنہٕ یم زٕ ژرد ریٛز آسی مو رِسنیو علاوٕ یم آسی اکثر گنڈن موقن پیٹھ تنتہٕ کران آسی۔ اُمہِ علاوٕ تہٕ چھُ وونی ببتہٕ بیاکھ بدعت وۄتھمٕژ کھوتہٕ وۄتھمٕژ عام گرٕھان سہٕ گو پتھرھن تقریبن پیٹھ ژربیشہٕ بدلہٕ دام تہٕ جام پیش کرُن یتھ تقریبہٕ چھِ اکثر بڈین بڈین ہوٹلن منز منعقد کرنہٕ یوان تہٕ بے پناہ پونسہٕ ٹوٹھک خرچ یوان کرنہٕ۔

وونی گو میٛون پیشہٕ مے آس لوکچار پیٹھے خاہش زِ بہٕ گژھہ ماسٹر بنُن حالانکہِ مے بنیہٕ فارسٹس منز تہٕ بنکس منز تہٕ نوکری۔ مگر مے کرِ ہو نوکری تہٕ بنیوس وستاد۔ یہٕ چھُس پَنُن ہُند باغوان تہٕ بحثیت وستاد تھوو مے نوے باغوان تخلص۔ گوڈٕ گوڈٕ اوسُس بہٕ پرایمری سکولس منز تہٕ پھیکرس سوزہس بہٕ ٹیچرس ٹرینگ سکول اننت ناگس منز یتتھ بہٕ پتہٕ وستادنیہ اوسُس پرناوان ننتہٕ اوس شری کاشی ناتھ کول

س :- جنت گڑھ - کاشِر زبٲنۍ منز کُمی ہوٚی بٔڈۍ اَدیبن یا شاعرن چھوٚکھ ہیٚو متأثِر کٔرۍ متٕی - متأثِر اگر سپدِو نہٕ کیاز، تہٕ کیتھہ پٲٹھۍ - ۱۹۴۷ء پتہٕ یٔیس اَسے سِنارلٕو اننت ناگس منز اوس شہ کیاز بگریٚو ۱۹۴۵ء پتہٕ ہیٚنٛھی کیا وجوہات

ج :- بہٕ ونہٕ ییٚتھہ پٲٹھۍ اکہِ دوہ اوس گامس منز بچہٕ نغمہٕ چلان - بہٕ آسہٕ تقریباً (۱۶) شُراہ وُہُر - بچہ اوس گیوان مہجور صٲبُن بٲتھ "ہیٚن ہیٚن زَن تٕہنٛہ مٲنٛز گُجھس چانہٕ امارے" تہٕ بیو خیال گرُم اوس نہٕ یتھہ مٲنی آس اُمہِ گرمہ یتھی کملاتن اتھ اوس پوٚز بنان - بہٕ لوٚگُس سوچنہٕ زِ اما مہجور صاب کوٚت وانہٕ ناوِ اتھ پٲٹھِس - مگر یتہٕ چھُ وَنان "نَتھہ پان لوٚبُم لولچہٕ گنگا بہٕ وٚتے کیا" بہٕ بوزِتھ نہٕ اتھ شنتھ گوس بہٕ سیٹھا متأثِر نہٕ بنیوس مہجور صٲبن شیدٲیی پتہٕ اوسُس بہٕ گرٛٹھان مہجور صٲبس نِش نہٕ تِمو دِیت مے سیٹھا حوصلہٕ آزاد صٲبُن نہٕ چھُس بہٕ شیدٲیی - نادِم صٲبس یتھو گنڈٲرۍ مے تقریباً ۲۵ ؤری ٹیچر ایسوسی ایشن کہِ وجہ کنہٕ - اسہٕ آسہٕ پانہٕ وٲنٛز قریبی تعلقات نِکیازِ ارجن دیو مجبور صٲبس یتی رلتھ آس مے اننت ناگ ضلعس منز ٹیچر ایسوسی ایشن بنٲومژ - مے آسہٕ کیٚتہٕ دوس ہیرُرھان زِ زٔے کوہ سہ فلاسفی چھے - زِ چھکھا جدید نتیک حامی کنہٕ قدیم نتیک - ترقی پسند چھکھہ مگر ہرر چھُ یی زِ مے چھنہٕ کانٛہہ نہٕ فِلاسفی نہٕ چھِ مے خبر زِ جدیدیت کیا گیہِ تہٕ نہٕ چھِ مے خبر زِ ترقی پسندی کیا گیہِ - تے چھُ sensitive mind.

تہٕ سانہِ کِتابہٕ آبہٕ پہٕ پیٹھ کُنہٕ انٛھے زِ تمہ کوٗت وانہٕ ناد کھہ۔

بہٕ اوسُس نوکری دوران بڈٕ دیا نندٲری سان سٔکام کران۔ تۄے ماجُھس وُنہٕ

تہٕ پکان۔ ییٚمہ آس ماج یَندرٕ کنان کنان اَکھ یَندرٕ لاکھی پاٹھ کران تہٕ اَمیک اثر پیو

ییٚمے پیٹھ تہٕ۔ ییٚمے تہٕ لوگ ژۄرمہِ جماژ پیٹھے بہٕ پاٹھ پرُنا۔ نوکری دوران وُدی ییٚمے پانژھ

مکانہٕ۔ ماجہِ وۄنُم تہٕ دوفی بناوو دوسہِ ہُند مکانہٕ تہٕ دِموس گاسہٕ پیش۔ مگر تمہِ وۄنُم زِ

زگت امابہٕ پیٹھ گژھ بروٚنہٕ تھوٗن تہٕ تسی زارٕ پارٕ کرِتھ گژھ سورُے مسلہٕ حل۔ ماجہِ ہٕنزٕ

یمہٕ کتھ بوٗزِتھ وۄتھس بہٕ زیٹھ اَکھ پیٹھ تلہٕ مٔل راتھ راتس کوٚرُم ماجہِ دیوی زارٕ پارٕ تہٕ کھوتُس

پیٹھ گرٕ وٲپس مگر ماجہِ دیوی کوٚر اَکھی مُدتس منز اتھ گرٕ ییٚمہ تہٕ ووینہ زیٹھ آکھ بروٚنٹھے

اوسُس بہٕ نوس بناوی پتس شاندار مکانس منز بسان۔ اَمہِ پتہٕ نوٚر ییٚمے فکرِ زِ ماج

کینژاہ دیالو چھے تہٕ ماجنیار کتھ چھِ وتان ییٚمے تجربیہ وارے کیٚنژھ تہٕ کیٚنژھ تہٕ

بروٚدُس باقاعدٕ دیوی بل گژھان تہٕ ماجہِ دیوی ہٕنز آرادھنا کران۔ پٔتِن

یشٹ دیوچھس بہٕ رام جی مانان۔ یہِ چھُ ییٚمے پٔتن وِشواس۔ بھگوان چھُ کُنے

رام جی چھُ تمی سُند اوتار۔ گاہے چھُ سُہ برہما سُند رۄپ داران گاہے

وِشنو سُند تہٕ گاہے ماجہِ دیوی ہُند پتہٕ بینز ییٚمے دیا تہٕ ییٚمے لیچھ کتاب "شارکا دیا"

ییٚمے چھِ کینٛہہ شار اردُوس منز تہٕ لیکھی متی۔ مگر کینژو دجوٕ پاتو کنہ آس بہٕ کاشرس

کُن۔ بیتہٕ لیچھ ییٚمے غزلہٕ تہٕ تہٕ نظمہٕ تہٕ۔ ییٚمے کوٚر وونی باگوتس منظوم ترجمہ۔

ہم زَن سلاساس شئولوک پھہ۔ اگر سُہ چھپیہ سہ چھُ روزَن

وول چیز۔

ٹاکارٕ نظر گژھان۔ یِم ہیکہٕ نا وشوٗقہٕ سان وَنِتھ کرِ یِمہٕ تہٕ آسی مارکسی نوٗقطہٕ نظرس ہیٚتھ۔ یِم آسی پانہٕ نتہٕ وَنان زِ آہَن سٲ بہٕ چھُس مارکسی نوٗقطہٕ نظرُک قٲیِل۔

ج :۔ مارکسی نوٗقطہٕ نظرُک اوسُس نہٕ بہٕ حٲمی کیٚنہہ۔ البتہ چھُ بہٕ یِم زَن تمہِ وَقتہٕ آسہٕ کینٛہہ ناکارگی سَپدان وَنن بیٚٹھ۔ مثلن فقیر آسی وَتن پیٚٹھ دربدر آسان۔ بہٕ اوسُس لیکھان تِمن پیٚٹھ نیاٹ ازِم اوس یا کمیونزِم اوس۔ زُشو خوری آس بہٕ اوسُس تتھ پیٚٹھ تہٕ لیکھان۔ مگر بُنیادی اوسُس نہٕ بہٕ کمیونسٹ آڈھی یا لوجی ہُشُد تہٕ نہ اوسُم اتھ پیٚٹھ وِشواس مگر ییٚنہِ دِ کنہِ اوسُم تھوڑا اثر پیوان۔

س :۔ امرناتھ دَر۔ اکھ شاعِر کیٛتھہٕ پٲٹھۍ چھُ تخلیق ییکھاتا۔ کولرِج نہٕ مُطٲبق چھا توٗہہ وجدان اتھ ژٕکرِ لیکھناوان کینہہ مُشاہدٕ۔ ییٚنہٕ چھوا توٗہہٕ اتھ دَدہیمہِ لٹہِ شیٖر پٲر کران کینہہ اُکی ہیے نشستہٕ منٛز چھِہ پوٗرٕ سپدان۔

ج :۔ کُنہِ وَقتہٕ بییِلہٕ شاعرس تحریک گژھان چھےٚ پٲدٕ۔ بہٕ وَنوو توٗہہٕ۔ بتہ ہیٚتھ اوس پہلگامہٕ ڈرائینگ ماسٹر پکان تمہ وُچھ اکھ لوکُٹ پوش۔ سُہ گوٚو اتھ عاشق۔ ییٚتھے پٲٹھۍ چھُ شاعر تہٕ آسِ چھُ کُنہِ ساتہٕ کُنہِ ہیٚتھ تحریک گژھان پٲدٕ۔ تمہِ پتہٕ چھُ خیال پٲدٕ گژھان تہٕ لیکھُن چھُ شوٗرُو کران۔ تہٕ خیالن ہُنٛد یہٕ تسلسُل چھُ جٲری روزان یہٕ کینژھا سُہ لیکھان چھُ تمہ چھُس دَدہیمہِ لٹہِ نظر پیوان ضرٗوری دِزٕ۔

س :۔ سوٗمناتھ وِیر۔ باغوآن صٲبُن چھُ زبردست اکھ کارنامہٕ انت ناگس

بہٕ چھُس اَندرٕ نیٚبر وُچھان کاںٛہہ چیز تہٕ یُس چھُے مےٚ اثر کران پننہِ چھم گژھان بے تابی زٕ بہٕ کرہا یہِ Express - پننہِ چھُس بہٕ یہے خیال تھاوِتھ اِظہار کران مگر یِتھی چھُس ردیف قافیک تہٕ خیال تھاوان - فلسفہِ چھم یہے زٕ بہٕ یہِ کینژھا جان یا ناکارٕ نیٚبرِ کنہِ وُچھان چھُس تی چھُس اِظہارٕ تہٕ کرانٕ۔

ساٚنٛز آرگنایزیشن یتھٕ بہٕ ناگراد' نتہٕ اُسی اُسی سمان تہٕ آسی ادبی ما ملن پیٚٹھ کنھ باتھ کران تہٕ اُتھی تحت اُسی ناگراد' کِتابی سِلسِلہٕ تہٕ کڈان۔ مےٚ چھُ باسان زٕ اے ہیٚتھ گیہٕ نتہٕ ادبی تحریک زیادٕ نیٚبر۔ بہٕ چھُ مےٚ پنُن خیال بزم ادب آس اننت ناگس منٛز سینٹرل پوزیشن ہیلوومُت شبیٚن تہٕ اننت ناگکو اُدیب آسی یکجاہ بزم ادبس پیٚٹھ اننت ناگے سمان۔ مےٚ چھُ یاد شفیع صاب آسی پوان کا بٕرن پیٚٹھ ناظِر کو لگامہٕ اوس پوان کولگامہٕ پیٚٹھ عبدالرحمان آزاد اوس پوان بلوامہٕ پیٚٹھ۔ پَتھ کُنہٕ جایہِ پیٚٹھ اُسی ہنٛز ہنٛز اور پوان۔

س :- بال کرشن سنیاسی - با غوان صابس چھُ مشایتہٕ طرفہٕ اکھ سوال کرُن ژٕ کیس دہلس منٛز یُس زٕن مارکسی ادب اوس اُیِج ژھٕٹھ آس وآثر کشیرٕ نام بٕہ روز شیٹھ کیس دہلس تام تہٕ کُنہٕ حدس تام ہلم کہٕ تتھ منٛز چھِیم تہٕ شانہٕ بہٕ شانہٕ آسہٕ منٛز۔ تمہٕ وقتہٕ ہیم ترقی پسند شاعر آسی تِمن ہنٛز تہٕ آسہٕ ہم شانہٕ بہٕ شانہٕ ستار رنجور صابس ہنٛز تہٕ آسہٕ ہیم۔ نادِم صابس ہنٛز تہٕ اوس ہمن دوشُن بہُن۔ رنجور صاب ہیم زٕن سیاسی حالاتن ہنٛد تذکرٕ کران آسہٕ نتہٕ تہٕ آسہٕ

اَسہِ لُکھ نام ووت۔ یِیٚلہِ نہٕ یہِ شارٕ اَسہِ نام وانہٕ نہٕ نادِم صاب کنہٕ روزٕ نادِم صاب پتھے پاٹھی یِیٚلہِ مہجور صابنی نٔیچوو مہجور ہٕنٛدی شار لُکن تام واتہٕ ناوی اُمی نبود مہجور صاب بُوڈ۔ یا نہٕ گژھ شاعر پنٕنی شار لوکن تام پانہٕ واتہٕ ناوُن نتہٕ اگر نہٕ تِمنٛد نیچو تِمی سٕنٛز شاعری لوکن تام واتہٕ ناوِنہٕ سومو کلیاو نتہٕ ہٕنہٕ۔

س :۔ بدری ناتھ کلا۔ باگوتنک انواد چھا تُہُنٛز کِنہٕ نکلمُت منٛز۔

ج :۔ بھاگوتک انواد چھُ نکلمُت منٛز۔

س :۔ موتی لال کیمو۔ توہہِ کر کوٚرُو ڈراما لیکھُن شروٗع۔ نہٕ لیکھنک سٹایل کیا اوس۔ یِم ڈراما اَسی واتوہہ گامن منٛز کران کِنہٕ قصبس یا شہرس منٛز۔

ج :۔ ۱۹۴۸ء منٛز بنوو ڈراما کلب۔ مختلف ڈراماکرِ سٹیج مثلن بلوا منگل بیہہ ہود گو ڈیچہ لٹہٕ ناگہ بلہِ اننت ناگس منٛز تہٕ بییہ مختلف جاین۔ دراصل اوس ڈراما مجلس ناو "ریبیع اپ لِفٹ منٹ ڈراما کلب"۔ کاشی ناتھ بھان اوس اسہِ اَتھ ڈایریکٹر۔ تِمو اَسی ڈراما جیس پیٚتی کام کرِمژ۔ تِم آسہ اسہِ مدد ودد کران۔ بلکہِ بناوی تِمہ وپے بردِ وِگ رنگاپ۔ تیٚلے آسی ہا وان، یمن چیزن ہنٛز تیلہِ شراو نہٕ ڈایریکشن تہٕ آسی دِوان۔ گوڈ نیتھ ہود اسہِ ڈراما مُفتے ناگہ بلس منٛز پیٚتہٕ ہود اسہِ یہِ ملکس منٛز تِمہ پتہٕ اَچھولی۔ مگر یمن آسی لازمی کرایہ ہیوان نہٕ گیس لیمپن ہُنٛد انتظام نہٕ آسی نے کران۔ پتہٕ گٔراسہِ ٹکٹ چالو نہٕ پتھ پاٹھی آسی کیٚتھہ پانسہٕ جمع گژھان۔ اَسی آسی پانہٕ ڈراما یچھا منٛز کام کران تِکیازِ ایکٹنگ ہُنٛد اوس سیٹھا شوق۔ پانہٕ

منٛز کوٚرمُت ۔ سُہ گو ہمو چھے سٲنؠ بزمِ ادب بنأومٕژ ۔ تَتھ یٚمَن ہٮ۪تھی آسی عُبدالرحمان فادری ، نوٗر شاہ ، ارجن دیو مجبورؔ ، سردا نند کول پرمی بیتٕرٕ بہٕ چھُس یژھان تو یہ لیکھِنہٕ زانُن کہِ تمہِ وقتہٕ کمِن ادبی جمأژَن ہٕنٛدِس بٔکنس منٛز چھا کانٛہہ خاص فرق ۔ تمہِ ساتہٕ آس نہٕ مٲلی حالت ٹھیک آسان نہٕ اَکھ تنظیمہِ اوسا کانٛہہ ادارِ مٲلی مدد کران کینٛہہ نہٕ نہٕ زَن گو کلچرل اکادمی وغارٕ ۔

ج :۔ بروٚنٛہہ یِم تنظیمہٕ بنہٕ ہَن تمہِ کمِن ممبرَن اوس ژُرک آسان ۔ تِم آسی دیان زِ یہِ بزم گژھِ پکنہٕ یِم پٔرأنۍ چھِ تمن گوژھ موقہٕ میلُن تہٕ یِم نوۍ چھِ تمن گژھ حوصلہٕ افزأیی سپدٕنۍ ۔ پٔچھ وار آس میٹنگ آسان ۔ شٲعر اوس کینٛہہ نہٕ کینٛہہ لیکھنہٕ خاطر مجبور تکیازِ بوزناوُن اوسُس آسان فرٛوری نہٕ یا پٔنٛژ آسِس نہٕ رٔژھ نہٕ انہِ لاپِچ چندٕ سٕے آسی خرچاوان ۔ یِیمہِ وقتہٕ بنہٕ پٲنٛسہٕ آو چاہے اکادمی دِمُت یا کانٛسہٕ نہٕ ہٮ۪ژن رسہٕ گٔنٛژی گژھنہِ بنہٕ پأٹھی گیہِ تنظیمہٕ ختم ۔

س :۔ ڈاکٹر آر۔ ایل۔ بٹ ۔ مےٚ پیٚیہِ نانا پاٹیکر سٕنٛزٕ کتھ یادزٕ " ایک مچھر آدمی کو ہیجڑا بنادیتا ہے ۔ لہٰذا چھُ میٚون سوال بنہِ پأٹھی زِ مہجورٕ زُنل نیٚچوٕ تھوٚد تہٕ نادِمؔ وول نیٚچوٕ ۔ کیا ہمن شٲعرن آسیا نیٚچوٕ یا آنٛژ والان نہٕ کھالان ۔ مطلب چھُ یہِ کہِ ہمو چیزَو ہیتۍ ہیکیا شٲعرس بٔٹھ اثر پٮ۪تھ ۔

ج :۔ مےٚ پیو یاد نادِمؔ صاب آیاے اکِہ دوہ جوٚم ۔ گرِ یہِ کینژھا لیٚوکھمت اوس نہٕ ژُھن تیموٗ نمأکۍ واپس کنٛتھ ۔ سو شٲعری کیتہٕ نیٚبرِ تمۍ سٕنٛزِ ٹنٛرٕ ۔ شٲعر چھُ تیٚلہِ بوڈ بیٚلہِ تمۍ سٕنٛد کلام اَسہِ تام واتہِ ۔ نادِمؔ صاب چھُ تیٚلہِ بوڈ بیٚلہِ تسٕنٛد

دِماغی تسکین Physical satisfaction جِسمانی تسکین کِنہٕ رُوحانی تسکین

Physical اوچھ کھیے تو توٚہی کیچھے۔ یِیلہِ یوٚزن وآلس سۆکوٗن یِیہ تھٕ چھِ وَنان رُوحانی تسکین۔ satisfaction

س :۔ رتن لال جوہر۔ تُہُنٛز آیہ نٔرِے کِتابہٕ۔ اصل کِتاب موٗخَنہٕ ڈالِ یِیلہِ تُرتیب کٔرِو۔ تو ہیٚ آسا باقین ہِنٛز کِتابہٕ نظرٕ تل یم اَتھ سِلسِلس منٛز چھپیمٕژ چھِے سُدرشن کاشکاری یا قُمی کِتابہٕ چھِے۔ ناظر کولگامی شِنٛز کِتاب نہٕ چھے نہٕ اکثر اُیتھ چھِ تِہنٛد کِتابہٕ ہِنٛد گوڈٕرے ناظر کولگامی پیٚنٕہٕ کِتابہٕ منٛز اَنٕمتی۔ اَتھ سِلسِلس منٛز کیا چھو توٚہی وَنُن یژھان۔

ج :۔ مےٚ چھِیہ پَرٕ کاشہ نہٕ کِتاب پٔرمٕژ تہٕ نہٕ چھِم خبر۔ مےٚ چھِے گرواجینا سو چھِے اَکثر ہمادر استعمال کران۔ بہٕ وَنہٕ زٕ ہوٚٹے اُمی شوقن دِژ مےٚ زیٛر بہٕ کِتاب لیکھنس شَر۔

س :۔ اہم مالمٕوہی۔ بہٕ پُرژھ اکھ ضروٗری سوال۔ بھاگوت ترجمہٕ کران کم کم مُشکِلات آیہِ توٚہہ درپیش۔

ج :۔ مےٚ چھُ ترجمہٕ پیٚٹھ ترجمہٕ کوٚرمُت یانے مےٚ چھُ اردوٗ بھاگوت برونٛہہ کنہٕ تھوٚومُت تہٕ تمی پیٚٹھ ترجمہٕ کوٚرمُت۔ بہٕ ہرگاہ ترجمہٕ کران کران بنٛد گژھ ہا بہٕ اوسُس کران ہی بھگوانس مےٚ کرانہٕ زورٕ تہٕ اَتھی ہیٚنی اوس مےٚ تمہٕ لفظک مانے برونہہ کُن یِوان۔ یُس نہٕ گوڈٕ نیٚتھ نہٕ کر اوس آسان توٚرمُت۔ صِرف آس مےٚ پَنٕہٕ نی ہیکہٕ جواب دِوان۔ مےٚ چھُ افسوس یتھ کِہ بہٕ چھُس نہٕ سنسکرت سکالر۔ سنسکرت چھُ اصلی مول۔ اگر اسی تمہٕ پیٚٹھ ترجمہٕ کرو تہٕ آسہِ اردوٗ

لیکھمٕتہٕ ڈراما کیٚنٛہہ۔

س :۔ برج ناتھ بالی :۔ ٹیوٹھ نابدٕس منٛز پٔرٛمتے فقیر کوٗر۔ یِمہٕ وقتہٕ یہٕ نظم لیچھوٗ اَمہٕ برونٛٹھ چھا اَتھ ہنٛز کانٛہہ وابستگی رُوزمژ۔

ج :۔ ٔسے اوس مُسلمان ووس۔ تمٔس اوس لڑکی خاندر۔ تمہٕ وَون زِ اَسی چھِنہٕ بٹن ہنٛدی پاٹھۍ بنٛہٕ ضایہٕ کران۔ اکھ حِصہٕ دِوان ہوتین تہٕ بیاکھ حِصہٕ فقیرن بیچھِ ونین۔ یہٕ بوزِتھ پیو میانِس دِلس پیٹھ اَثر زِ فقیرس تہٕ ہیٚونٕس چھہٕ کُنی قدر تہٕ ٔسے لیچھ یہٕ نظم۔

س :۔ پریم ناتھ شاد۔ تۄہہٕ لیچھوٗ اکھ لیلا "زگت ماتا ٔسے درشُن باو" یہٕ سپٕز مقبولِ عام۔ تۄہیٚ وَنِو تۄ ٔسے اَتھ چھا زِمہٕ وار مقبولِ عام بنٛنس منٛز لیلایہٕ ہُنٛد مواد کِنہٕ کلاکار۔

ج :۔ یہٕ چھےٚ پٔزی پاٹھۍ مقبولِ عام۔ یہٕ وِنہٕ تۄہہٕ اکھ چیز زِ لیلا لیکھنہٕ وِزِ گِژھہ منٛس منٛز بھکتہٕ باو آسُن۔ یہٕ لیلا چھےٚ ٔسے پرِنٕس اَندی اَندی پرِنہٕ کھین دِوان رِوان لیچھمٕژ۔ لہٰذا چھِنہٕ اَتھ منٛز میوٗن کمالا کیٚنٛہہ۔ ٔسے چھُنہٕ پانس تہٕ باسان کہٕ ٔسے چھُ اَتھ منٛز تیوٗت کیٚنٛہہ وُنمُت زِ یہٕ سپدِ یہٕ مقبولِ عام بانٛجِ لیلایہٕ تہٕ چھےٚ عام گاشرِ یم زنٛن خاندرن منٛز چھہٕ یوان گیونہٕ۔ ٔسے چھُ باسان زِ یہٕ چھےٚ ماجہِ دیوی ہنٛزے دیا زِ یہٕ چھےٚ مقبولِ عام سپٕزمژ۔

س :۔ جگر ناتھ ساگر۔ پرِتھ کانٛہہ لیکھن وول چھُ ژرن مقصدن ہنٛدِ خاطرٕ کام کران۔ تۄہیٚ وَنِو تۄ تۄہہٕ چھا اَمہٕ ہنٛز Mentel Satisfaction

نہٕ تہٕ ریٛیاگ آسی منٛز۔ بہٕ پرژھہ باغوان صابس نہٕ ہُنٛز شاعری چھےٚ گوڈنکہٕ قسمچ شاعری۔ یَتھ منٛز چھُ سوشل Collective Concious، Cocious
زیادٕ نُمایان گژھان۔ کیا تۆہہِ چھوا یہِ مانان ؟

ج :۔ اِنسان چھُ روزان سماجس منٛز۔ ۔ سماجک فرد چھُ۔ سماجکۍ اثرات چھِ اَمس پیٛٹھ پیوان۔ سماجس مُتلق چھُ سُہ لیکھان۔ قدرتی چھُ یہِ ذاتی آسان۔ ذاتی کیا گو، سُہ گو رسُل میر صابُن، محمود گامی صابُن۔ رِندٕ پوشہٕ مال گنٛدنے وۆلہٕ لولو۔ یہِ چھُ اَمس سماجکۍ اثرٕ دِلس پیٛٹھ پیوان۔ سماجکۍ اثر ہیٛتھ یہِ لیکھیتہٕ ییہِ اَتھ چھِ اجتماعی شاعری وَنان۔

س :۔ او۔ این۔ رینہٕ ۔ باغوان صاب اکہٕ دوہ چھِ اَسی اکس براڈ کاسٹ گژھان گیٹ کنٹرول چھُ آسان۔ اتہٕ چھِ وَنان باغوان صاب چھُ نیبرٕ کِنہِ پکان۔ اتہٕ چھُ رۆپشن تہٕ اتہٕ ہیٛرن گژھنہٕ سُننی ہِش۔ گیٹ کنٹرول آسنہٕ موکھ آسی وُچھان مُنٛزِ کہٕ اتھ چھا عمل یَپدان کینہٕ تہٕ۔ بہرحال سوال چھم یہِ کہِ ییٚمہِ وقتہٕ تۆہہِ بھاگوتس ترجمہٕ کۆروٕ تۆہہِ پیو نا سنسکرت زبانہِ ہُنٛد ضرورت۔ تۆہہِ آسا اَتھ پیٛٹھ دسترس۔

ج :۔ سنسکرت چھُ مےٚ شیٚمہٕ شُنیمہٕ جمارٕ تام پۆرمُت مگر لارِیوم کمےٚ پٔہن۔ بیٚیلہٕ تہٕ مےٚ تمہٕ ساتہٕ لارِیو تہٕ ووذٕ کیتہٕ لارِہا یمہٕ یتھ وقتس منٛز۔

س :۔ ایچ۔ ایل۔ تِکو۔ مےٚ چھ یہِ سَنٛز پیٛرژھنہِ زِ نادِم صاب چھُ، زرگر صاب چھُ شمس فقیر چھُ۔ یمن چھُ دیہِ سُنٛد اثُر گرٛیہہِ یُس یمہِ شاعری لیکھان چھِ۔

پیٹھ ترجمہ کرنہٕ آمتہٕ کھوژنہٕ سٹھا جان۔

س :۔ رمیش ہانگلو۔ باغوان صٲب تۅہہِ چھِو ادبی تحریکہٕ ۴۷ء بروٗنٛہہ تہٕ ۴۷ء پتہٕ تہٕ ڈیٛچھمٕژ۔ مایگریشن برونٛٹھ تہٕ نہٕ مایگریشن پتہٕ تہٕ۔ انہٕ چھا تیٚمبہٕ آسان۔ اگر چھِس تہٕ کم۔

ج :۔ ادبس چھنہٕ تیٚمبہٕ آسان۔ یہٕ چھےٚ اکھ تخلیقی تسلسُل اکھ۔ یہٕ چھُ سِلسِلہٕ یُس چلان چھُ، چلہٕ وُن چھُ روزان۔ مایگریشنہٕ بروٗنٛہہ آسی تمِس الگ Topic مگر مایگریشنہٕ پتہٕ چھِہ سُہ اکھ دود باوان۔ ۹۰ فیصدی چھِہ دوٕذ پیٚنہٕ نٕے دود باوان۔ مےٚ چھُ باسان اپارٕ تہٕ چھِہ تِم پنُن دود باوان۔ دوٕذ گو تِم چھِہ مُجاہدٕن کھوژان مگر نوتہٕ چھِہ تِم تہٕ یہنہٕ نٕے دود باوان۔

س :۔ رتن لال شانت۔ یہ پیٛتھ باغوان صٲبس یہ سوال شاعری کیا گیہ کیا نہٕ گیہ۔ صرف چھُ اکھ Impression یہ کہٕ عام طور چھےٚ شاعری دوہہ ہٕیسبہٕ۔ اکھ چھےٚ سو یتھ زٕن اجتماعی شاعری وٕنوٕنہٕ مگر یتھ شعر سون اجتماعی آسُن چھُ۔ یوس زٕن سانٕز اجتماعی شخصیت چھےٚ۔ سُہ چھُ زیادٕ رِفلیکٹ Reflect گژھان۔ سو چھےٚ زیادٕ شاعرٕ ہندِس زہنس پیٹھ یِوان سُہ زٕن گیہ تِم Epic۔ تِم شار۔ تِم ہاتھ یُس زٕن پتہٕ صرف شاعرٕ ہندِ یاژ تیٚمبہٕ چھِنہٕ زٕنان بلکہ پوٗرٕ پتہٕ زمانچ شیٚچھ چھُ زٕنان۔ بیاکھ چھےٚ سو شاعری اسہ وقتہٕ اُتھو زمانس ستی سپدان تقریباً۔ یوسہٕ زٕن داریاہ مُبہم آسان سو چھنہٕ داریاہن ہیکرنہٕ تران۔ تژھ شاعر چھےٚ تمہٕ وقتہٕ

موہن لال آتش

# مکھن لال محو تہٕ ظرافت

مکھن لال محو چھُ ظرافتہٕ کہ مَیدانُک شہسوار۔ تِہندِ دیدارکہِ پاٹھۍ تھزرس پیٚنچ جاے ژٕھِتھ۔ اَمہِ سٕنٛزِ شاعری ہُنٛد گراف چھُ مربوط تہٕ بصیرت افروز۔ باسان زن تہٕ اَمہِ (HUMOUR) دودھِ گلس ہتہٕ چھُ چیوٗمُت۔ یہِ پتھ چھُ ظریفانہٕ کلامکہِ گنجینُک کٔنٛز بردار۔ یہِ رٕود مرزا غالبَس سٕندی پاٹھۍ کہِ اَنسانہٕ شاعری ہنٛز مسولہٕ ہنگہ طومار شیران۔ اَمہِ سٕندی تجربہٕ چاہے تم کامیاب چھِ یا ناکام یہِ گوو اَکِس عاشقہٕ سٕندی پاٹھۍ بے خوف و خطر برونٛہہ پکان۔

یہِ رٕود پرتھ ساتہٕ لوٗکہِ مزازس نکھہ تہٕ بوزن والیو کرٕ اَمِس اُچھر والن منٛز جاے۔ نقادن ہنٛز رلے چھِ نہ مزاح لیکھن وول چھُ پرتھ دورس منٛز عوامکین صفن منٛز شیر پیٹھ پیٚنچ جاے بناوان۔ اَمی وصفن بناوو شیکسپیٖر، چاسر، ڈکنس، (Dekins)، گولڈسمتھ تہٕ برنارڈ شاہ ہیوی گونماتھ صف اولکی اَدیب تہٕ شاعر۔ (HUMOUR) لیکھن وول شاعر تہٕ اَدیب چھُ تھیکنہٕ لایق تنقیدی صلاحیت تھاوان سہ لٹہٕ کرِتن، جیپہِ ماکرِتن۔ ٹیپ یا ہجو وَٹن پرتھ کُنہٕ مقامس پیٹھ چھُ اَمس تنقیدک صورت رٹھ پیوان۔ اگر اتھ تنقیدس خالص طنز روزِ ہتہٕ تیلہٕ چھُ ہتھ وینہٕ کھونہٕ زہر بنان۔ یہِ زن لالہٕ مکھن سندین اکثر نظمن منٛز ڈینٛھو چھُ

بہٕ چھاسے اِلیُوژن کِنہٕ یہٕ چھے صداقت۔ یہٕ زَن شاعِر لیکھان چھُ اتھ مثنٕز چھُ کٲنی گیانک اَثر۔ یِہمَو چھا کیتھٕ (Realise) کوٚرمُت تہٕ دِیہٕ سشٕہٕرٕ مہربٲنی کِنہٕ ژھنگھُ Instantly لیکھِتھ۔

ج :۔ اَسہِ چھِنا مانان سرسوتی یِیمِس سرسوتی ٹوٗٹھِ تہٕ شہ چھُ لیکھان یِشکن محمود گٲمین کُس سنسکرِت اوس پوٚرمُت مگر تس ٹوٗٹھیمہٕ سرسوتی تہٕ لیکھُن۔ باقی گو اَنوٚمیمو لبٲرٕ کیا یِکہٕ لیکھِت۔ اَنوٗبھَو آسُن چھُ ضروری۔

کاشُر Humour لیکھان تِکیاز ظریفانہٕ کلام لیکھُن چُھ سیٹھا مُشکِل فن ۔ یہِ ہیٚکہِ نہٕ کٔرِتھ یُس ییٚمِس سماجیاتُک فلسفہٕ آسہِ پوٗرٕ پٲٹھۍ توٗرمُت ظرافت چُھ تنقیدٕ پیٚٹھہٕ شروٗع سپدان تہٕ اَتھ پیٚٹھ اندٕ واتان ۔ اگر لیکھن وول اڈہٕ ہیٚچھِل پیٚۄس تہٕ کھٲری کھار کورِ گژھنُک اندیشہٕ چُھ روزان ۔

یُوتام زن تحو مآبنہٕ فنُک تہٕ شٲعری ہُنٛد تعلق چُھ ۔ اَمِس چُھ پوٗرٕ پٲٹھۍ وُجود زِ یہ کیا چُھس لیکھان ۔ از تام چھےٚ کاشِرِ تحو مآبن کلامس پیٚٹھ ٹیپ ژوٚٹمٕژ ۔

زِندگی ہُنٛد عادتہٕ ساوٕ پُچھ سنجیدگی ہیٚنٛدِ طابع گنٛڈِتھ آسان ۔ بچہِ تھٔنہٕ پیٚٹھے چُھ یہِ ودُن ہیوان تہٕ آخری شہس تام چھےٚ اَتھ حالتس کانٛہہ فرق پیوان ۔

یُوتاًمِ کٔشیرِ مَنٛز ظرافتُک تعلق چُھ یہِ سمہٕ چُھ منظر الشمس زِ بیتہٕ چھےٚ کاشہِ اَتھ خزانس شعاعنہٕ مُژرمُت تِکیازِ کاشرین چُھ تناز ، مارا ماری ، وولہٕ ژھو ، بیرُونی حملو ، اندرونی خلفشارو شہنشاہن ہُنٛز زورٕ وآری تہٕ خدمت گارن ہُنٛز تانا شاہی تالہِ کنہِ ژھٹا کڈمُژ ۔

کشپ ریشِس بروٚنٛہہ جلودبھو سُنٛد واتُن ۔ ہُوٗنہ ہینگ بالس پیٚٹھ پٔنٛژاہ بٔٹہٕ ژلچو سُنٛدِ اَتھہٕ مارٕ گژھنہٕ ۔ زنگبو رینچن سُنٛد سرو گژھس ۔ سِکندرن کاہ پور وُچھبُشور مَنٛدر ٹھآستھ والُن ۔ کاکر خانن توبُد مَنٛزٕ مورُدس کن ژٔٹُن شکدر سنز وُوٚل تہٕ کار دار ہنٛدی کِردار بیگاری تہٕ بنٛدی چھہ کاشرِس مس والن نام تیرِ کُنٛڈی کھآرِتھ گآمتۍ ۔

یِمَن ناسآبِہ وولہٕ ژن مَنٛز مزاح وُنا اوس بنگہِ مَنٛزی نیرُن ۔ مگر

کرٕ ھان۔ مگر تِہوٚ صٲبن یوٚتانٛی تولُق چُھ اَمہِ سٕندِس کلامس منٛز چُھ مێوٗہ تٔرنٛم تہٕ اِیہامہٕ رٔوس معاشرتی تنقید۔

یہٕ چُھنہٕ سیأسی شعبہٕ بٲزَن ہنٛدِ ژ دٔرِ گنٛدان بلکہٕ سماجکین ہیکہ کِردارَن پیٹھ لسنہٕ ژٹان تہٕ گاہے پنُن آسُن تہٕ یِمہٕ تیٚ کِردارن منٛز شٲمِل کٔرِتھ ہِرٕجِک اَوبرٕے ہڑاوان۔

یہٕ چُھنہٕ ووٚلہِ ژُشوٕ سٟتۍ موٗنُس سَپدِتھ وَنان "دُنیاہ چُھ کاوٕ بێنہٕ وول"۔ بلکہٕ زِندگی ہنٛدِس مٲرِ منٛدِ ژتس آسے کاتھان تہٕ روٗنہٕ گوڈُن ہُند شرفٔژ شرٕونٛ بوٗزِتھ وولسنس لیوان۔ ظرافت لیکھن وٲلِس چُھ ڈیکہٕ بجرٕ سٟتۍ آسان ہکیانہ یہٕ چُھ اسرارَن مارکس منٛزکڈان تہٕ پتہٕ تِمن پیٹھ لسنہٕ ژٹان۔ اَمہِ نِشہِ چھُنہٕ کانٛہہ کُنھ دیچہٕ وٕلِتھ روزان۔ ہِکیانہٕ یہٕ چُھ اکھ تێز رفتار آرٕ یُس آرِ ہانگِہِ پیٹھ ون پوٚشن ہنٛز عطر تام پانس سٟتۍ پکناوان چُھ۔ مِزاحیہ کلام لیکھن وول ہنٛز خصوٗصیت چھِ یہِ زِ اتھ چھیتہٕ تشریح پیوان کرٕنۍ۔ بلکہٕ چِھ عام لُکھ تہٕ ادب نواز اتھ کلامس حظ تُلان تہٕ سپنٛک یار لوٚزٕران تہٕ یوٚہے چُھ تِہوٚ صٲبنہٕ ادبی سفرک طرح اِمتیاز۔

یہِ چُھ اکھ عجیب اِتفاق زِ کٲشرِ ادبس منٛز چھِ کٕژتام افسانہٕ نِگار تہٕ ڈرامانوٚیس۔ یِمو منٛز چھِ ۹۰ نمتھ فیصدی تِم یِمو افسانن تہٕ ڈرامہس منٛز طنٛز و ظرافچ دفتر وٕہرٲوۍ مثلاً علی محمد لون، بنسی نِردوش، پوٚشکر بھان، ہری کرشن کول، ہردے کول بھارتی، سجود سیلانی، محمد سبحان بھگت تہٕ موتی لال کیموٗ۔ اتھ برعکس چھِ شاعرَن ہُند تعداد ہیٚنہٕ واد۔ مگر زٕ دَرٕ پانٛژ شاعرو علاوٕ چھُنہٕ

سوندرا اکھ آس وُہ گز دۄرِ تے نیٚوُنم تَے دِل
دولہٕ کاٗنیا آس بٔلی گا گل لگاٗوِتھ وآجنم

زِندگی ہٕنٛز گۄلہم سنجیدٕگی منٛز چھُ تحو ماٗبُن کلام نٔزرِ یا پٕچھ کاٗم کران۔ اکھ ماہرِ نفسیات I-R- RICHARD چھُ وَنان اِنسان ہِنٛدِس لاشعورس تہٕ تحت الشعورس منٛز چھِ بے شُمار دبےمتِۍ امار آسان اگر نہٕ یِمن نفسیاتی اُندرٕ ٹھین نیبر نیبرٕنک کانٛہہ ذٔھلہٕ بنہِ۔ اِنسان ہٕ چھُ وحشی بنان۔ خاصکر چھُ یُہ وقتہٕ کِس سماجی تہٕ سیاسی نِظامس خلاف صف آرا سپدان۔
بیٚیلہٕ تس کانٛہہ غم خوارٕ تِمے کہنہٕ چھُ بوزٕ ناوان ہِم اُتھہندس وۄنٛدس منٛز واتھ کھین تس چھُ ذہنی سکون میلان تہٕ دُکھ کُمجار گژھان اَتھ مُقامس وآتِتھ چھُ تحو ماٗب وَنان۔

ژکن نۄنہٕ گُرہ ہاوِ ناوی سیاست
سوزٕل کھیٚنہٕ مشی دالہِ آبا مشی چوٚن
دوسہ ماز رانا ژےٚ کھیاوی سیاست
ونگُھ جیلہِ ٹُل ناو یَتھ عاٗقلو تھوٚد
ژےٚ اتھ منٛز دوسہ پھاٹہٕ ناوی سیاست
وگرٕ زَن تگن گوٚر تہٕ فندباز آسکھ
ژےٚ کھڈ پٕنٛچ بوٚڈ ہیٚو بناوی سیاست
یِتھہٕ کنٛز سے برٕ وۄنہٕ ٹھے دوٚن HUMOUR لیکھن چھُ سیٹھا مُشکِل عمل۔

تہٕ کٔرِتھ چھ لل دَینہِ پیٹھے ہیچھوٚرِس تہٕ آزادس نام اسہٕ Humour نظرِ گژھان۔ اگرچہ یہ تحو مانہِ یاتھ کُنہِ منصوبہ بندی عملہ ہُنٛد نتیجہٕ چھنہٕ۔ مگر یہ کلام چھ کُنہِ ساتہٕ کہِ فراغتُک احساس ضرور دِوان۔ راہی، کامِل، عارِف، عازِم، سنتوش دغارہٕ تہٕ چھِ تحو مانہِ ہمسفر۔ یِمو ساروے چھ طنز و ظرافتس پیٹھ قلم تُلمُت۔

مگر مکھن لال بحوتس چھَ یہ خصوصیت سٔرِس تھاوان زِ اَمہِ کوٚر اَتھ صِنف شاعرس پننہِ سوٚرے تخلیق تہٕ تجربٲتی عملہٕ ہُنٛد ہُنر حوالہٕ۔ اکھ پایہ بوٚڈ سنسکرت نقاد تہٕ شاعر کُنتک چھُ ونان وِکروکتِ کاویہ جیوتم، ظرافت یعنی Satire چھُ اُدبک رُح تہٕ بحان بٹ چھُ ونان زِ طنز و ظرافت چھ بجاے خود النکار۔

طنز نگار چھ چیزن برکھاوان تہٕ اَیِچ ماہیت پُرزناونہٕ بیکان۔ تہٕ بیتہٕ یم مُشاہدٕ تخلیقی کوٚنڈِ منز پلنتھ ینتھ کُنہِ پیش کران زِ بوزن والین چھِ زُکس تل کھۄ وانان۔ مگر تمن چھنہٕ فکری نزان زِ ونن وول چھا نابد پلہٕ ناوان کِنہٕ ٹیٹھ وینا۔ تِکیازِ ونن وول چھ پانہٕ تہٕ اُمیک اکھ کردار آسان۔

سیٖا ونے اُکی گوٚری ساتُھر زٔھل چلاوِتھ وا جنم
نلکہ آیا تمو دودس عیتین رلاوِتھ وا جنم
دہر زُین کُنتم تُرینتِ نے بروٚنٹھ کِنہٕ تھے تولنم
شیشہ من کھارِتھ کنڈ ہتھ من بناوِتھ وا جنم

وانہٕ تس پٔراران۔

تمہٕ صابُن پِتاجی اوس تحصیلدار۔ تُس عآیہِ جوآنی منٛز سورگہٕ واس کَرُٔد۔ نہٕ پیٛتھہٕ کُنہِ لوٚگ لوکٹِس بچس آلہٕ نیبرٕ نٮ۪ اِقتصادی بُحرانگ تالہِ ژٕرل۔ عبدالاحد آزادن لنگوٚٹۍ یار ملکھن لال تمہٕ ہیٚوک نہٕ وُنِستام پنٕنہِ شاہہٕ سۆمبرِتھ بازر گٔنڈِتھ پٮ۪یلہٕ زَن عبدالاحد آزادنِس "دریاوس" وُذنہِ ہیٚچَن وارہ یایِ زبانن منٛز ترجمہ کَرُٔد۔

تمہٕ صابس چھُ قوتِ بادآش حآران کُن حدس تام سرتاپہٕ۔ اُمہِ سُنٛد گفت چھُ زِ میآنِس وۄستاد حاجی لق لقس اوس وقتہٕ پیٚپری منٛز تہٕ اُمہٕ کھوتہٕ حآفظِ تیز۔ یہِ چھُنہٕ طنٛز کٔری کٔری لوٚکن پلوکڈان عٔلہِ کرِ تُمدریر لاگِتھ دوا پل زَن ہیٚہِ بون والہٕ ناوان۔

تمہٕ صاب چھُ وۄنۍ وقتہٕ پیٚپری منٛز اُمہِ سُنٛد آسہٕ منٛز آسُن چھُ عُنٛٹھتھ۔

ساری چھنہٕ نحوٗ صابس ہمسری ہکان کٔرتھ، خضر مغربی، اُمکارناتھ شبنم، ظریف احمد ظریف، شریف الدین پرواز، ایوب صابر ہیوی طنز و مزاح لیکھن وٲلی گونماتھ چھہ نحوٗ صابنہٕ ووستادانہ صلاحیتکی معرف۔

نحوٗ صابنہٕ شاعری ہندٕ طرح اِمتیاز چھُ تمہٕ ساتہٕ ابا سہ رنگ ہاوان ییمہٕ ساتہٕ یہٕ پانس پیٹھ نہٕ چھُ لسنہٕ کران۔

گھر واجنہٕ ہتی مجادلہٕ لاگتھ کیا چھُس سہ وَنان۔

دُہا بہٕ ڈاس گوٚے اَکھ شاعری کتھ چھکھ قلم کاگد رٔٹتھ
تسے گوم موکلِتھ کیا دِ ہے ژٔتے نہٕ شرِہن پانژن رٔٹتھ،
چھکھ ساری ساتن پتہٕ تمنے ستن کمٹی اندر بہتھ
گرٕ بار چھے گومٕت مشتھ زَن چھے شرم کھشیامِتر کنٕتھ
وٚدنھ نیبر بازر عجل ہیٚن دِم توٚملہٕ ترکھ واہ باہ اَنِتھ
ژٔتے نہٕ بٮ۪یہٕ پانژن شرِہن باٚنتھ چاٲنی کھیٚنٕ دِما
یِتہٕ تے یژھکھ تیلہٕ وَن بیا فا چاٲنٕ ہٕژلس مثر سِوا

اکھ زِندٕ جاوید حقیقت رتنگ دستی نہٕ ژھرہٕ رکینٕژ کٔز چھُ شاعر ہونرمندی سان بیان کران۔

نحوٗ صابنہٕ بدٕ حصولیابی چھہ زِ اَمی کوٚر اردو اخبارن منز کاشر ادبی صفحہٕ لیکھن شروع۔ گوڈٕ اخبار ہمدردس منزٕ تہٕ پتہٕ اخبار خدمتس منز۔ خدمتک کاشر صفحہٕ گوٚ ادبین منز یوٚت مقبول زِ یژھ کاشر اَدیب اوس آنوارِ دوہہ اخبار

تہٕ لیٖژ کھم مزاحیہ بٲتھ۔ بجراز پٔلنہٕ عشقُک یارِ جانانس ستے ہاوُم چھُم
اَنہِ گرِ یاچہِ رس چاوُن تہٕ رازِ ماگوہ گجہِ کھیاوُن چھُم

یہِ آپچھ ستے زیچھ نظما اکھ۔ توشخانی صاٖبن دوپ کرِژ اتھ مادانس منز لگاتار کوشش۔ ژہ ہیکھ جان لیکھتھ۔ بیاکھ غزل اسہِ ترُسُل پیپرٕز۔ "دِل بنٛد تہٕ دِل آزاد دِل آرام نِگارو"۔ اَتھی بیٚیھ آپچھ ستے طرح۔ تعوشکلی دیماغ ماژجی ازنامِ نِگارو۔ اَتھی مادانس منز رٔودس یہ پکان۔ ییتہٕ اوسُس یہ اخبارِ خدمتس منز کام کران۔ تتھ منز آسی کاشرِ بٲتھ تہٕ چھپان۔ سیاسی مخالفن دستار والین خاطرٕ۔ یہ تہٕ اوسُس کاشرِین بٲتن منز پٔم خدمتکی مخالف آسی تمن دستار والان توٚب —— واریاہ اکھ لاٹھ تہٕ اوسہٕ سکھ تہٕ باتی تھاوان۔ مگر ییتہٕ کرُم نصیحت پروفیسر توشخانی ین دوپُم دستار والن گوٹھیکھ یہ چھے ژٕ سے profession ُک تقاضہٕ۔ مگر وونی گژھو مالح قسمُک مزاح لیکھُن۔ ہیوت ستے لیکھُن تہٕ چھُس یہ تتھی مادانس منز بروٚنہہ بروٚنہہ پکان۔ مزاحیہ ادبہٕ خاطرٕ گوژھ لفظ وَرتاوُن تہٕ آسُن۔ یہ چھُ بڈٕ مشکِل چیز۔ کاشرِین سنجیدٕ شاعرن چھُ لفظ وَرتاوُن آستھ مزاح خاطرٕ چھُنہٕ سہل سہل لفظ وَرتاون کینہہ۔ اگر بنہِ تہٕ سہ چھُ مصرن یا شارن منز چسپان کرُن بڈٕ مشکِل۔ بڈٕ محنتھ چھِ پیوان اَمِس غزلس پیٚٹھ کرٕنۍ۔ ستے وون پروفیسر توشخانی سٕنزِ لفظ وَرتاونکِ تہٕ ہیکہٕ ستے بنتھ۔ دوپُم گژھتہٕ محکمہٕ مال کین دفترن منز تتہٕ وُچھتہٕ لفظ وَرتاوُن کوناہ بنی۔ یہ گوس پٹوارِین تہٕ گِرداورن سٕتی کوٚرُم مُلاقات۔ ستے وُچھ تِ پٹوٲرۍ تہٕ گِرداور چھِنا مال شُمٲرۍ کران۔ لیکھان اسپ نر۔ اسپ مادہ۔ ماہٕ گاد

# مکھن لال تمّو صاأبس سٟتؠ مُلاقاتھ

مےٚ آو ہدایت دِنہٕ زِ بہٕ کرٕ پننہٕ تجربٕن ہُنٛد ذِکر تہٕ ہہ شروٗع ٹھ کنہٕ۔ ۱۹۴۱ ہس ہیک زمانہٕ چھُ مےٚ یاد پیوان۔ بہٕ اوسُس کالجس منٛز پران۔ تتہٕ آسہ سپدان اُردوٗ مُشاعرِ۔ مہجوٗر تہٕ اوس تتھ منٛز حِصہٕ نوان۔ مگر مزاحیہ شاعیرا اوس نہٕ اردو ورأے کہنٛہہ۔ حاجی لق لق تہٕ بیٚیہٕ اکھ زٕ شاعِر آسہ نہٕ بیٚیہ اوسہٕ کاشُر۔ اتہٕ وۄنکھ سوالاہ زِ ہے کأشرس منٛز تہٕ گوڑٕ کانٛہہ طنز و مزاحا لیکھن اتھ منٛز چھپہٕ کینٛہہ شک زِ داریاہ بروٚنٛہہ چھِ کینٛہہ شاعِر وُنی تہٕ کأشرِس منٛز مگر تِمو طنز و مزاح لیٛو کھمت بِلکل کم۔ یانے اگر ہتھ بأتھ سنٛجیدٕ لیکھکی اکھ زٕ بأتھ لیکھکی مزاحیہ۔ مےٚ سپٕد حاجی لق لقس ستؠ مُلاقاتھ۔ سرِ کأنٛہہ ٹھ توشنائیس ستؠ تہٕ۔ سہ اوس پیٛرؠ فلسترٕ کأشریک اوس بڈٕ دِلدادٕ۔ تِمو وۄپ مےٚ ہے تزٕ ے چھِ ذہٕن طنز و مزاح ہس کُن۔ مےٚ اوس وقت گنڈورمت سو پور۔ بُمبہٕ ہینٛدٕ بن بانڈن اوس مےٚ سیٛٹھا وٕدہ شکھن بہٕن۔ تتہٕ اوس مےٚ طنز و مزاحک لفظ وۄتُر واریاہ کینٛہہ دیہاتس منٛز زامُت۔ تِمہٕ موجِب اوسُس بہٕ کم زیادٕ مزاحیہ شاعری کأشرس منٛز کران تہٕ اوسہٕ بٕن سرِ کنٛہہ توشنأوٕ بوزٕ ناوان۔ بہرحال تِمو وۄپ مےٚ ہے تزٕ ے بۄزکھ وۄنی حاجی لق لقُن کلامہٕ تہٕ تہٕ فلأنؠ سٕنٛد کلامہٕ نہٕ وۄنی لیکھ تہٕ زٕ تہٕ کأشرس منٛز۔ مےٚ وۄٹ مہجوٗر صاأبنہٕ اکِہ غزلِہ ہنٛد طرح "چُھم چُھم باغ چُھم مستانہٕ دِل چُھم تازٕ یاد ُن چُھم"

کران۔ اَتھی ہِتی ہِتی خوش قسمتی کِنۍ اوس لوہور پیٹھ یِوان اردو مشہور مزاحیہ شاعر
حاجی لق لق سرینگر۔ سرینگرس منز تہٕ اوس اکھ مزاحیہ شاعر آغا
عسکری۔ تِم تہٕ آسی یوان ہیمن ہِتی۔ یِمن اخبارٕی تولُق اوس۔ حاجی
لق لق اوس اُکِس اخبارَس منز مزاحیہ کالم لیکھان۔ تِمے رٔوز تِمن
ہِتی صوحبتھ۔ تِمہ ہِتی رٔوز تِمے لق لقس ہِتی زان پہچان۔ لق لقس
گٔژھ نہٕ غلط مانے نِیُن۔ تِمو یُس اردو مزاحیہ شاعری ہُنٛد رنگ
پیش کوٚر سُہ رٔوٚد تِمے یتہٕ۔

ڈاکٹر امر مالموہی:۔ تِمے چھِ تہٕ سوال اکھ ادبی تہٕ بیاکھ غار ادبی۔ تُہۍ چھِو شاعر طنزیہ
شاعر، مزاحیہ شاعر۔ عام طور چھُ یِوان وَنہٕ یا واریاہن دوستن ہُنٛد
تجربہ چھُ، پوٚز چھا شُہی چھا یہ چھُ تُہۍ وَنُن۔ کیا دٔلیل چھےٚ
کہ کاشرس منز چھُ مزاح بدان حرف لیکھہ وُنہہ۔ لیکہ ہِتی یوت
ہسا چھُ کاشرس منز مزاح وو پدان؟ تُہنٛد کیا خیال چھُ اتھ متلق؟
دوٚیِم سوال چھُ تُہۍ چھِو جرنل ازمس ہِتی وابستہ۔ پنُنہٕ ووز تُہۍ یس
زَن رواداری زمان چھِ آسی۔ کشیر منز اوسا تُہۍ سیکیولرازم باسیو مُت
یا جرنل ازم لہولہ پیٹھ اوسا تُہۍ سیکیولر ازم باسان؟

مہتو صاب:۔ گوڈٕ چھُ اَسہ سوچُن طنز و مزاحس کیا چھےٚ انسانی زِندگی منز اہمیتھ
اد ہیکو آسی امہ کہ جواب تلاش کٔرتھ زِ لیکہ ہِتی چھا مزاح پادٕ
سپدان کہنہٕ ہیٚیہ کنہٕ ہِتی۔ انسان چھُ زِندگی یوسہ زن چھےٚ یہ

تہٕ نرگاو۔ ہرگاہ تِمن نیٚچوٗ اوس وُنی تِمس وَنان دتھرنر۔ کوٗر آسکھ لیکھنی آسان تَنھِنز آسی بیکھان فرزندِ ماد۔ یِہے گرامرٕ اوس بروٗنہہ کُن تہٕ نبوٗدکھ نرو ماد۔ یتھے لگوو یِہوے گرامر تہٕ بنیوو آشنامانِ نرماد قافیہٕ اَنتھ۔ یِہے سلسلہ گو تہٕ پیٚتہٕ اوس لفظ دۄٚتر پکان۔ بانٛڈِن ہُمَن یمن نِش اَژان تہٕ یِہنٛد ترجمہٕ وُچھِتھ اوسُس یہِ عام طور لفظ دۄٚتر ژھانڈان تہٕ کران اِستعمال۔ یِہوے چھُ موٗخصر پاٹھی لُیس زَبان سٕتے تجربہٕ کوٗر ــــــــ

## سوال جواب

مکھن لال کنول :۔ توٚہۍ وُنی تو پیٚتہٕ زِندگی مُتعلِق موٗخصر پاٹھی کیٚشرھا۔ توٚہۍ کتہٕ چھو زامتی۔ توٚہۍ کتہٕ چھو پٔرمُت بتیر۔

مہجو صاحب :۔ زامُت چھُس بہٕ ہنٛدوارِ۔ یتھ پاٹھی چھُ ییتے باسان زِ بہٕ چھُس اَزی کِس عالمس منٛز زٕنیٚے۔ ہنٛدوارِ اوس مول میٛون رٮ۪یونیوٗ افسر بہٕ اوسُس پیٚنزہِ جماژ پَران تہٕ اَٹھی دوران گُذریوو مول۔ پیٚتہٕ رُوچھُس بہٕ بڈۍ برادرن سٕہ اوس وُکیل تہٕ سوپور ہ اوس کران پرکٹس۔ تہٕ تَتہٕ رُود یتے بانٛڈن، یمن عام لُکھ گُنٛڈ، لفنگہٕ ہی آسی مانان بکیاز تِم آسی کیٚنہہ پاٹھر ہاوان ییتھ منز گُنٛڈہ لفنگی آس آسان، ہنٛز یُن گرژھن۔ یتے اوس تِہنٛد لفظ دۄٚتر بڈ پسنٛد۔ بہٕ اوسُس یہِ لفظ دۄٚتر کاغذس پیٚٹھ لیکھِتھ تھاوان تہٕ پیٚتہٕ اوسُس بانٛتن منز اِستعمال

بینڈ ماسٹرَن ہوو نوو سپن
دوٗنہ دوہہِ نربیٖلہِ وآین بین

شہ اوس ہُمیہ ہُنْد بانڈہٕ کوٹھ لہٰذا چھُ بے اعتدآلی ہنٛز مزاح دوہپدان۔ لیکھو ہنٛز چھُنہٕ پآدٕ سپدان۔ لیکہ تہٕ چھےٚ اکہٕ قسمٕچ اعتدآن اَکھ ہیکہ نہٕ بہٕ اَنکار کٔرِتھ۔ مگر گوڈٕ چھِہ تہذیبس تہٕ مختلف ارتھ سپدان۔ عام مجلسَن منٛز ہیکو نہٕ لیکھ وَرتآوِتھ کیٚنہہ شہ چھُہ ناکارٕ۔ پرایویٹ مجلسہِ منٛز یمِس یہِ نعرش کرِتہٕ وِژ تہٕ بے اعتدآلی ہنٛز چھےٚ شآعری تہٕ یوان کرنہٕ۔ مزاحیہ شآیری تہٕ چھےٚ بے اعتدآلی ہنٛزِ شآیری۔ مثلَن مہجورٕ صآبن وٚونا "صُبح چھُم باغ چھُم مستانہٕ دِل چھُم تازٕ یاوُن چھُم۔" تہٕ یہ گو اعتدال سےٚ لیوکھس "بجراز پینہٕ عشک یارِ جانانس سےٚ ہاوُن چھُم
اَنیِتھ گرٕ پاچہِ رَس چاوُن تہٕ زرما گوگجہِ کھیاوُن چھُم"

یہٕ گیہِ بے اعتدآلی۔ باقےٚ شآیرَو چھےٚ لیکہٕ تہٕ کجہٕ ہٕر۔ مگر میٚون نظریہِ چھُہ تمیک ذِکر چھُپسنہٕ بہٕ پٔرھان کرُن۔

فارسی شآیرَو تہٕ چھِہ لیکہٕ کجہٕ ہٕر۔ سنسکرت شآیرو تہٕ چھےٚ لیکہٕ کجہٕ ہٕر بیٚتھ لیکہِ وَنان چھو تُوہہِ فحش۔ اکھ زٕوٚن ونہٕ اَکس لیکھ۔ بیاکھ زٕوٚن ونہٕ تتھ Reality of life لیکھ گیہِ اگر اَسہ ماجہِ لیکھ کڈو، بیٚنہِ لیکھ کڈو بنیس آزار واتہٕ نادو۔ تتھی یوت

چھےٚ سنجیدگی ہنٛدِ ین اِشارَن پیٹھ پکان۔ صبحٕ پیٹھ شام تام
یہِ آسی کران چھہِ چاہے دفترَن منٛز کام کرو۔ سکوٗلن منٛز کام
کرو۔ دُکانَن پیٹھ کام کرو۔ یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ از چھُہ ہاکہٕ بوٗد
بازرٕ ہیوٗن۔ یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ بتہٕ چھُہ ہاکھ ژارُن یہِ چھےٚ سنجیدٕ
کام بتہٕ چھُہ ہاکھ رنُن یہِ چھےٚ سنجیدٕ کام۔ اتھ چھُہ سوال اگر آسی یمِن
سنجیدگی ہنٛدِ ین اِشارَن پیٹھ نژان روزو۔ سانٛز زِندگی گژھ
تباہ۔ اَتھِن چھُہ یوان اسہٕ اَسِہ تہٕ اَسانٛونک مُقام۔ اَسِہ تہٕ اسانٛونکہٕ
بہاتہٕ چھہِ اُسی سنجیدگی ہتی سمجوتہٕ کرتھ دوہہ دوہہ ہیکان کڈتھ تہٕ
برونٛہہ پکان۔ لہٰذا چھُہ اَسِہ تہٕ اَسانٛسُن بڈٕ ضرورت۔ اتھ چھُہ
اکھ بیاکھ ناٗ ہلہٕ سپدان۔ اَمیٚک تہٕ اسانٛدِ پیٚج تحریک یِتھ پاٹھۍ چھےٚ
پادٕ سپدان۔ اَتھ متعلق چھُہ ماہرِ نفسیاتو واریاہ کیٚنژہہ سوٗچمُت
کوٗرمُت وُنیکتام۔ وُنیکھ تام چھُہ نتیجہٕ اخذ کوٗرمُت زِ بے اعتدآلی
ہتی چھُہ طنز و مزاح پادٕ سپدان۔ بے اعتدآلی چھکھ تشریح
کرتھ۔ طنز و مزاح کہو ماہرِ نفسیاتو یِتھ پاٹھۍ ———
اُکس اِنسانس چھُہ قدرتی دوٗ چوٗ ہاتو ہتی اکھ نر زیٹھ تہٕ بیاکھ
چھُس ژھوٹ۔ سنجیدٕ زباز گو اُمس ہسا چھےٚ اکھ نر ژھوٹ تہٕ بیاکھ
زیٹھ۔ نمار سنجیدٕ بے اعتدآلی زباز منٛز ہیکو ژھنیہ اُمس [illegible] نر دوٗنہ [illegible]
[illegible] مانٛدتہٕ [illegible] اکھ [illegible] ماشٕراوِس ژمس آسہٕ دوٗنہ زِ [illegible]

مُتعلِق نفرتھ گژھِ ہو ۔ تیلہِ گژھ ہو تو ہیہ تمن کِتابن ہُنز نفرتھ ییم توہیہ وتَلن پیش کرِہنز چھِو ۔ نتہٕ چھُنہٕ کِہنی ۔ شہ چھنہٕ ادبِ کثیف ۔ ادبِ کثیف اگر کانٛہہ ماجہِ لیکھہ یا بیٚنہِ لیکھہ کنہٕ سوگیہ بدتہذیبی ۔ کدرِ لیکھہ شہ گو ادبِ کثیف ۔ یُس نہٕ بازرس منٛز کڈنہٕ لایق آسہِ شہ گو ادبِ کثیف ۔

ڈاکٹر ماگنی شیکھر :- مےٚ چھہِ خوش نصیبی یہ کہِ بہٕ چھُس تحوٗ ما نٛزٕ گرس منٛز واریاہس وقتس یوان گژھان روزمت ۔ اُہنٛزٕ بُمنا بُکی کول چھےٚ مےٚ بیٚنہِ سہٕ چھےٚ ہندی ہِچ اُدیب ۔ مےٚ چھہِ ییم سیٹھا closely وچھمتی ۔ اکھ واقعہ چھُہ سوال پیدٕ ژھینہٕ بروٗنہہ بیٚتہِ تیتھ مےٚ تحوٗ ماںس ہیٚو ہاشیہ کوی تہٕ وُچھہِ پونٹل گژھان ۔ یِمن آسی زنانہٕ ہیٚتی کیا تمام اختلافات ۔ یمَو ڈوٗن اکِہ دوہہ ییٚہِ بچھی پیل مرزٕ وانگن آسہِ منٛز نیران ۔ سنجنا یہٕ ہُنز ماجہِ ڈوٗنہٕ تس ۔ وُمبرِ وُچھم چاکِ شملہِ مرزٕ وانگن ۔ یمن مہارا توٚنگ بہٕ یورِ کہنی ونُن ۔

اکھ یہوٗدی شاعر چھُ تمِس چھہِ ونان ایمبس اوز چھُ ونان اگر سانٛ کرُن تہٕ Fundamentalism آسیو Fight out توہیہ ہیٚیو پرکھوتہٕ ہیتھی یار چھُنہٕ تھوڈ کانٛہہ ۔ اگر ژےٚ نِش فحش تہٕ چھُ شہ چھُہ سارِے کھوتہٕ بوڈ جواب Fundamentalism اَس ۔ چونکہ اکھ شاعر اکھ کوٗی یُس زَن یتھ آننگ وادس منٛز ییٚمس

چھِ لیکھ وَنان۔ باقے بییہ ہِتی کأنسہ اُتھ ییہِ یاگُنڈن ییہِ سو
گَییہ اگر تِتھ Reality of life تذکر کرو۔ تِتھ چھِ واریاہ
دوستاد وَنان سو نہ سأ گَییہ لیکھ۔ مگر تو نہ چھُنہ اجازتھ کُھلہ مجلسہ
منز پرس کیتھہ۔ تِمے نِش چھے مثالہ اردوہچہ۔ یِتھ مالموہی صأبن
وُون لیکو ہِتی چھُ طنز پاد گژھان۔ واریاہ شأیِر چھِ لیکو ورأے
تہ طنز پاد کران۔

دویم سوال مالموہی صأبن پُچھ سیأسی سوال سُہ گو تیرژھن سیأسی
لیڈرن۔ بہ چھُس نہ سیأسی بحثس منز وسُنے یژھان۔ نہ چھُس
سیأسی موہنیو۔

پریمی رومانی:۔ بہ چھُس عرض کران. منٹوہن تہ چھُ یتھ ادب لیوکھمت یا عصمت
چُغتایی ین "لحاف" سو تہ چھِ پرن والین تہنزن نظرن تل۔ ییلہ نہ
تم منز چھییہ تِمو کوربے باکی سان اظہار امہِ سِتھ سُنٛدِ یوسہ گنہ
تو ہی پردس تل چھو تھوان تِتھ کیا وجہ چھُ۔

مہجور صأب:۔ منٹوہن یہ کیتژھا لیوکھ عصمت چغتایی ین یہ کیتژھا لیوکھ سو
چھِ زندگی ہٕنز حقیقتھ تمیک فأصلہ چھُ عدالتس اتھِ۔

دیویندر ستیارتھی اوس تِمے دوس۔ تِمو لیوکھ "بیس باخچہ نانس" پیٹھ
اکھ افسانہ بلکل حقیقتھ آس۔ یہ آسی اتھ متعلق لیوکھ سُہ کوّر تِمی
سماجک اکھ بدترین پہلو پیش۔ دویُن اگر تو یہ آمس انسانس

یہ آزادی چھےٚ ژراوان مٔژلیس کُن رحمتٕ باران
کران سائنس زمینس پیٹھ ژھرے گگرایہ آزادی

یہ اوس پران اکھا۔ اَتھ منز تہٕ اوس ہیٚوٗمر جاتے۔ آزادی اُس ہندوستانچ یا کشیر ہنز تتھ پیٹھ چھےٚ طنز۔ اکھ نغا دوٚتھ سہ اوس گوٚلن ننتہٕ اوس نا آزادی ہُند ارتھ بدل۔ کشیر منز نا۔ سہ آسِو توٚہہ پتاہ وضاحچ چھےٚ ضرورتھ کیٚاہ۔ یہ رُوٗٹھکھ۔ گٔنڈِہس طاس پانشہٕ۔ دوٚیمہس ژٕ کیاژ چھکھ سانہٕ آزادی ہزل کرن۔ دوٚپہ نکھ سے یہ ہسا چھُ مہجوٗرن لیوکھمُت ۱۹۴۷ ہس منز۔ یَیلہٕ ہندوستانس آزادی میچ۔ اتھ آزادی کوٚرن طنز تہٕ روٗٹھکھ تہٕ ژرائوہس پھلہ کرتھ۔ وونی گو ژٕ گوٗلی لگاوہس نہٕ کینہہ۔ جان بخشی کرہس یتھس ماحولس منز کیا لیکھہ یہ آتنک واد کیاژ یہ چھُس وُنہٕ کم زیادٕ زنہٕ روزن یژھان۔ مگر توٚہیہٕ تہٕ چھوا اہل قلم توٚہیہٕ تہٕ ہیکو آتنک وادس خلاف واریاہ لیکھتھ۔ توٚہیہٕ چھو پیاستس سیٹھی زیادٕ۔

رتن لال جوہر:۔ طنز و مزاح چھُ لالہ رُخ ہنٕدٕ پیٹھ شوٗرو گژھان تہٕ ازکل چھُ ایوب صابر، غلام علی مجبور جان مزاحیہ شاعر مانہٕ یوان۔ تہنٕدٕ خیالہ موٚجوب کتھ حدس تام چھےٚ طنز و مزاح کیس ماڈرنس منز ترقی سپز مٕژ۔

محو صاب:۔ طنز و مزاحن چھےٚ نہٕ خاص ترقی کرمٕژ۔

جواہرلال سرور:۔ توٚہیہٕ پژھو کنول صابنا آدکہ ژٕ تہنٕدِس والدِ صابس کیا اوس ناد

تالم

تامُ تتی اوس ۔ اُمِس پیٹھ کیا پیو تمیک اثر۔ بحثیت شاعِر ته اُمی
سِیٹھہ کُنہ کوٚر تمیک مُقابلہ۔ نہ تِتھہِ تخلیقہ آیا یِمہِ نہ یِمو وَنہ ہِتھ آسَن
دوٚیِم سوال چھُ۔ سُہ گَر اکھ بنیتہِ زَن یِمو دوٚرن عبدلااور آزاد چھُ
دوٚن ہمت بیٛو ہمت یہندِس گرَس منٛز۔ پنڈت کنیا لال کول وکیل چھِ
اَسی ہتی یِمن برادر ۔ Radical Humanism ٹُک چھُ اوس ہمت
یہندِس گرَس منٛز کافی اثر۔ تِہُندِس وتِس منٛز بیٚیمہ ساتہ کشیرِ منٛز
اکھ تحریک آس چلان ۔ یِمن آسہِ رِلیشَنسِنز پریم ناتھ بزازس
کھُسُو مٲبس ته جگت موہنی بیتر ہتی ۔ یہِ اوس اکھ ماحول تمہِ ساتہ
یَتھ منٛز یِم پے ہتی پِھ۔ تمیک اثر کیا چھُ یِمن پیٹھ نہ از بیٚیلہ توٚہی
ووٚنی دِستھاپنِس منٛز چھِو بحثیتِ شاعِر۔ سے باسان شاعِر آسنہٕ چھِ
ہیہَنھ۔ شاعِر آسُن گو نہ کھوژُن ۔ نہ چھِو توٚہی کھوژان ۔ سےٚ ونِ تو
بحثیت شاعِر کیا چھُ توٚہہِ پیٹھ آتنک وادُک اثر۔ توٚہہِ دِیت واتھ
جواب یُس زن امِس آوزِ چھُ وَنان ۔

Humer is perfect answer to any kind of

Fundamentalism

نحوٚ مٲب :۔ توٚہی چھِو پانہِ اہلِ قلم ۔ توٚہہِ کیا جواب چھُو دِتھمُت ۔ یہِ کر تمہٕ نش
آزمائیش اکھ ۔ اَتھ ونوٚدِ بہ یَتھ اکھ توٚہہِ ۔ آتنک وادوٚ ونوٚونا توٚہہِ
سرِی نگرس منٛز چھُ ہیتوٚر سُند اکھ بٲتھ۔

بہٕ گژھ ہا زانٛہ یاب ۔

اتھ سوالس آو نہٕ کانٛہہ جواب ۔ البتہ لوٚت لوٚت آو وننہٕ زِ یہٕ محاورٕ چھنہٕ شاید درُست ۔

موتی لال کیمو :۔ توہیہِ چھِو آزادس تہٕ مہجورس contemporary روٗدی متیٚ ۔

نحو صاحب :۔ تِمن ہٕنٛز اہم صوٗرتھ ۔

موتی لال کیمو ۔ مہجورس آس یہٕ صوٗرتھ زِ سہٕ اوس پننیٚ باتھ گیونادان ۔ یتھ باتھن آزادن دوٗنش ۔ مہجورن کھارِ تتیک نارِ پاپھر پوٗر ۔

یہٕ Humourous باتھ کیازِ چھِنہٕ یوٗن گیوناونہٕ خامکرِتھ توٚہِ ۔ توہیہِ کیازِ کروٕ نہٕ اتھ مُتعلق کوشش اکھ ہیومرس باتھ گوتژھ گیوناوُن ۔ اگر ازکل ریڈیوہس اکھ پوسٹ کارڈ سوزو زِ اسہِ بوزناوِو تہٕ اکھ ہیومرس سانگ ۔ تنتہٕ چھِو زیرو بٹا زیرو اتھ زیروہس منٛز بنیٚ تو ہیرو ۔ کینژھا گرہٕ تو ۔

نحو صاحب :۔ ہیومرس پوئیٹری ہٕنٛدس گوڈٕ آسہِ تتھ چھُ شگفتگی الگ ۔ ازکل چھُ پاپ پوئیٹری ہُشی دور ۔ اگر تتھ منٛز ہیومرس پوئیٹری گیوو تِمسکر لفظیٚ چھِ فضایہٕ گژھان ۔ اتھ چھُ خاص ایکٹنگ خاص بارٹی انگوئیج استعمال کرُن ۔ سوٗ چھنہٕ تکان کانٛسہِ ۔ تیٚ چھُ وۄنی مت ریڈیو کشیر والین تہٕ نہٕ ٹی ۔ وی والین تہٕ ۔ تِمو وۄن اسہِ نِش چھنہٕ کانٛہہ انسان تیتھ یُس یہٕ گیوِتھ ہیکہِ ۔ اکہِ لٹہِ گیوٚو چُھ سہٕ تہٕ

تۄہہِ دِلوٚہ تتھ سوالس کانٛہہ جواب تہٕ بیٚیہٕ وَنِو تۄہہِ تہُنٛد
تاریخ پیٚدٲیِش کیا چھُہ؟

محوٗ صاب :۔ میانِس پتاجیٖس اوس دیا رام ناو۔ تہٕ یُوتام تاریخ پیٚدٲیِشہٕ ہُنٛد
سوال چھُہ سۄ چھُہ وُنہٕ باسان زِ بہٕ چھُس نہٕ وُنہٕ زانان۔

بال کرشن سنیاسی۔ محوٗ صاب کشمیر کلچرل لیگ آس بڑہ اہم پاٹھی پکان تہٕ تُہی چھُو سۄ توہہ
سیتی قریبی دوستی گۄڈٕ تہٕ توہہِ سمجھنک موقہٕ میوٗلمُت چھُہ۔ بار بار چھُہ سۄ
اکھ سوال ذہنس منٛز ووتھان زِ بہٕ پرٛژھہ ہا توہہِ زِ سیاستس مُتعلق
تہٕ جماعتس مُتلق تہٕ چھا توہہِ طنز و مزاح لیوکھمُت۔ تہٕ توہہِ چھا ہیٚنٛز
کانٛہہ سیاسی نقطہ نظر از تام قایم سپدمُت۔

محوٗ صاب :۔ سیاسی نقطہ نظر چھُہ میوٗن بہٕ زِ بہٕ چھُس تمام سیاسی جماعژن برخلاف۔
دیان سیاستھ چھے بڈٕ زحمتھ۔ سیاست چھے لکن گمراہ کرنک اکھ ذریعہ۔
اد یۄسہ سیاسی جماعتھ آسہ تہٕ سو۔ سۄ چھُہنہٕ تتھ مُتلق زِنتہ خیال اکینتھ۔
No plitics is also a polities. بہٕ چھُس تمام
سیاسی جماعژن برخلاف۔ سیاستس منٛز چھُپنہٕ چھہ یژھان تیمن۔

ڈاکٹر آر۔ ایل بٹ۔ پنٛنہٕ خاطرٕ چھِم اکھ زانکاری حاصل کرٕنی۔ کینٛہہ وقت برونٛہہ چھِم
اکھ محاورٕ بوٗزمُت۔ کشیر منٛز آسی وَنان" بیمہ سُند بیمہ گوناران لہان"
تمہ پرٛژھ ووت واریاہن تفرن یہٕ دٕراو کتہٕ ایٚج Implication
کیا چھے۔ اگر توہہِ اتھ مُتلق ہیکو کینٛہہ دٕنِتھ یا بیٚیہٕ کانٛہہ ہیکہٕ وَنِتھ

نحوٗ صاب:- تُہۍ شُرٕے سوال چھِ مأنٛزِل مگر وُنہِ چھُنہٕ سٲنۍ کانٛہہ خیال کتاب چھاپنک
نہٕ چھُم سہٕ کلامہٕ بوزناوُنک۔ لیکن چھُ پٕز مُشکل نٔنۍ اوس سٲتھۍ کرُن پیوان
کھوژُن۔ توہہٕ وٕنِو مۆکھ سٲنۍ ہیٚچُور بیٛندِس کلامس کیاہ رنگ دُیت تمۍ۔ مہربٲنی
پیٚہِنز۔ گیوٚن وٲلیس لوٗکہہ نہٕ ہٮ۪نٛد ذوق۔ سُہ آسہٕ ہیٚکہہ اَپُور تور مُت۔
ییٚتہٕ چھُ الگ کتھ۔ ییٚتہٕ ہیکو ووٗنۍ لیکھتھ۔

پریم ناتھ شاد:- سٲنۍ چھُ توہہٕ پتہٕ تأرُف تیٚلہٕ گومُت ییٚلہٕ اکہٕ دوہہ ریڈیو کشمیرس منٛز
مُشاعرا اوس بہٕ اوسُس لوکُٹ۔ خوش قسمتی مانو تہٕ یا بدقسمتی تتھ
مُشاعرس منٛز اوس غفر منٛزبی تہٕ تہٕ توٚہی تہٕ۔ یہٕ چھُس بہٕ زانان اگر
توٚہی یاد آسہٕ ہٮ۪۔ تمہٕ پتہٕ تہٕ اوس کہرام مچان۔ ییٚلہٕ دوٚنۍ توٚہی دوشوٕے
آسہٕ ہیو اکھ سے مُشاعرس منٛز سُہ اوس ییوان کیاہ تام مانن۔ ریکارڈنگہٕ
اوس ٹایم نیبر کنہٕ أسۍ سٲری شاعر بیہتھ یمن مُشاعرس منٛز شمولیتھ
کرنۍ آس۔ ویٹنگ روٗمس منٛز بیہتھ وژِہ کتھ سے نحوٗ صاب تلہٕ سأ
تام بوزناو کینژھا۔ توٚہی بوزناوو کیاہ تام لیُس نہٕ ییٚتہٕ وننٕ لایق چھُ
یوہٕ وۆتھ غفر منٛزبی صاب تہٕ نحوٗ تہٕ لوگ پٔرن مزاحیہ نٔتھ بوزناون
یتھ لوٗگ مُقابلہٕ نہٕ اسہٕ چھُ ڈولہٕ گنڈہٕ دِنۍ متۍ۔

سوال چھُ سٲنۍ یتھ یاٹھن ۱۹۹۰ہس منٛز دٔرلے أسۍ کشیر تہٕ وأتۍ
یور تہٕ بیٚیتہٕ کیٛو سانۍ اُدبہٕ تہٕ شاعرو لیوٗکھ واریاہ۔ زیادٕ تر لیوٗکھ
وِسھاپنس بیٹھ تہٕ کیاہ سہٕ اوس سہٕ وق ییٚلہٕ اسٕس تہٕ گنڈنس کامن

نسٕگیت قسمکِس میٛوٗزکس منٛز میٛون بٲنھ۔ تمہٕ ہٕنٛدۍ یوسہٕ فرٕتھا کٔمن گرٛزھ حاصِل سپدٕن سوٗ سپُر ہنٛہٕ کیٛنٛہہ۔ تژرن پٲنٛژن زنٛن پتہٕ چُھ ہیوٗمُرس بٲنھ گوٗمُن تمیٛک ہیوٗمُر چُھ گرٛزھان ختٕم۔ لٔکن چھنہٕ اتھ ہنٛدٕ کانٛہہ دِلچسپی روزان۔

پروفیسر لکشمن لال کول۔ یہٕ چُھس تہنٛز لڑکی ہُنٛد رونساد رٕوٗدمُت تہٕ پیشہٕ کنہٕ تہٕ چُھس دوستن ستہٕ چُھ یمن یہٕ پٔرزِ ہن زِ تحوصاب توٚہۍ رٕوٗدیو کاہن وٕرین مربٕگرس منٛز سانہٕ نیرتہٕ پٔتہٕ۔ توٚہہ چُھو واریاہ تجربہٕ یم تہٕ اسہٕ اُچھو وُچھی۔ تہٕ تِمن تجربن ہنٛدۍ چھیے توٲرِیخ تہٕ جُرٕتھ۔ اِسلِئے توٚہہ چھا وُنہٕ کانٛہہ ییرادٕ تِمن تجربن بادنھ کرنٕچ۔

یہٕ کینٛہہ تھا توٚہہ اَزنام لیوٚکھمُت چُھ تمہٕ گوٚنٛزھ بازر نیرُن تمہٕ گوٚنٛزھ اسہٕ ہیوٗمن عام لکن تام واتُن۔ تاکہٕ اَسی پرٕ ہوٚ تہٕ یِم زَن توٲرِیخی کینٛہہ خاص واقانھ تہٕ حالاتھ چُھ۔ تِمن مُتلِق سپدِ ہے اسہٕ زانکٲری۔ توٚہہ چھا ہیوٗمُن کلام چھاپنُک کانٛہہ ییرادٕ۔

اگر توٚہہ تِمن حالاتن مُتلِق لیوٚکھمُت چھو یمن مُتلِق توٚہہ اَگمی شیکھرن وُنی پٔرزِ ہو تہٕ توٚہہ دٕو پوٚشِن ستہٕ ادسا پان مارُن۔ ووٗنی چھنہٕ سوٗ کتھ۔ یِتیتھ چھو توٚہۍ یلہٕ توٚہہ چھنہٕ پتاہ زِ دِسھا پنٕس مُتلِق سوٗتاہ آو لیکھنہٕ تہٕ کٲژاہ آیہٕ تِمچ تنقید کرنہٕ۔ ووٗنی لوزِتا ونُو توٚ توٚہۍ تمہٕ کلامہٕ منٛز نموٗنہٕ زِنگو اکھ بٲنھاہ اسہٕ سپدِ ہے بٔڑ خوشی۔

بدل آیہ استعمال - خطر چھُنہٕ کینٛہہ - سوال چھُ یُس تہنٛد مزاحیہ کلام چھُ

سران کشیر ہنٛز ہیرٕ ٹھی خاص طور پاٹھی نیشنل کانفرنس سوٗ سارے تحریک اگر توٚہہ

یہ کھٲٹھ تھاوِو یا مند چھو تیلہ چھُ فارسی زبٲنی منٛد اکھ شار ؎

"نخیل او لبوَد زاہدے بہرور - بہشتی نہ باشد بحکم خبر"

یُس نثر چرس منٛز نقل کر اگر سُہ کوتاہ تہٕ زاہد آسہِ سُہ گژھہ نہ سوٗرگس زانہہ

توٚہہ چھِو پٔنن اکھ شار - توٚہہ مہ کھوٗژِو یہ کرِنتھ موٗلوی ترمیم ؎

بہ گام و شہر گو نثران شیرِ کشمیر -

یہ چھِنہٕ صرف اکھ کتھ بلکہ اکھ مکمل تصویر - ملت شیرِ کشمیر کی زندگی کا جو تھا باو"

چھِ کتاب عابد شمیمن چھاپمژ - اگر توٚہہ پرِو توٚہہ ڈیو زعابد شمیس لدن وُنی گژھ -

نمو چھُ تنہٕ لیوکھمت تمو کیا کوٚر - عرض سوٗ چھُ یہا ونٛد کتاب پیرنی لایکھ - مگر توٚہہ کیاز کرِو

اسہِ محروم یتھ چیزِ نیشہ - توٚہہ کھوٗژِو اتھ منٛز یا چھُ لیکھ اتھ منٛز یا چھُ کیاہتام

یہ لیکھ چھُ منظور اگر اتھ لیکہِ نِشہ یُس تمتھ سانہ شیر بن ادب کھوتہ زیادہ چھُ -

تیلہ کیازِ چھو توٚہہ یہ کھٲٹھ تھوان -

محوٗ صاب :- سوال چھُ سیاستس متعلق چھُس نہ بہ بوزُن پرھان کینٛہہ - زِ ژور سوال

پرژھکھ مے - مے چھُ پالٹکس منٛز الجاوُن پرھان - بہ چھُس نہ الجن پرھن

کینٛہہ - شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ وغارٕ وغارٕ آسس پیٹھ چھُ مے لیوکھمت تہٕ واریاہ

نثرس منٛز تہٕ نظمس منٛز تہٕ - مطلب دوٗ نی چھُ :: اکھ دو نمت - بہ چھُس نہ

سیاستس منٛز الجن پرھان - پارٹی پالٹکس نِشہ - پالٹکس نیشہ ہیکہِ کانہہ کتھ

گٔیہ۔ نہٕ اسُن اوس نہٕ کھوراٲنی۔ تۄہیہِ آسہِ ہیو بوزان زِ حالاتھ کیا گٔیہ نہٕ کیا نہٕ گٔیہ۔ مےٚ وُنی تو توٚہیہِ نمتہٕ پیٹھ ازنام پٔھ اُسی لیکھن وٲلی ییٚتہٕ اُتھی موضوعس پیٹھ لیکھان تہٕ اَمہِ دٲپہِ نیبر چھینہٕ نیران۔ ییٚلہِ نہٕ اُسی قلم تُلان چھہِ اسہِ چھِ کیا تمام رووُمت یاد پیوان۔ توہہِ کٔشِتہِ طنز لیکھن وٲلی اَدیب کیا کوٚرُو محسوس تہٕ ساٲنی دِل رٹنہٕ ناونہٕ خاطرہٕ کیا چھِ یمن ذہن ساہن وُریئن تھہند ڈیٖت۔

محو صاحب:۔ تتہٕ اوس نہٕ ادب پیٚرنہٕ یا آسی آزاد کینٛہہ تھاکر ہزلی یا مزاحیہ ادب دٲپراوس ینڈوقس کھوتران۔ تی لیکتہٕ۔ آس ترجی دِنہٕ پوان یہ ینڈوین ویہ ہے۔

امر ناتھ ژرنگو:۔ مےٚ چھےٚ توہہِ بیتی واریاہس کالس ووتھ بیٹھ روٗزمٕژ۔ سانہٕ محلہٕ چہِ ونہٕ اوسو تو ہہِ بکُن پیوان۔ ییٚلہِ توٚہیہِ نوکری کرنہٕ آسیو نیران۔ مےٚ چھُ سوال زِ یمن پیتہ میت وُریئن تتہٕ دوہس ماحولس منٛز روٗزِتھ سپزا زانہہ سہلہٕ منٛگا یا کاشرِس لکھارس یا شاعرس آوا ونیہ زانہہ تلاژ بوزناو کینٛژھا

محو صاحب:۔ کیا ونہٕ یہ جواب تتہٕ اوس ریڈیوس یا ٹی۔وی کیس منٛزگاہ بہ گاہ کینٛہہ ونہٕ نس موقہٕ میلان۔ یا اوس کُنہِ ساٲنہِ کلچرل اکادمی پیٹھ مشاعرہٕ سپدان تتہٕ تہٕ آسی پیوان حدس منٛزے خیالاتھ اِظہار کرنی۔ بییہٕ آس شاید پرایویٹ مجلِسا کُنہِ جایہ سپدان۔

جگر ناتھ ساگر:۔ مےٚ چھِ گزارش یہ کہِ لفظ استعمال مگر توٚہیہِ کھوژی زیوتہٕ۔ یہ کرن

مزاح کیاگو طنز کیاگو ؟ یہ وننہ تہ نک ضرورتھ چھُنہ کانہہ مگر یتھ نِش چھُ اَسہ
سارِنے مانُن زِ سانہِ زندگیہ چھِ اتھ منز چھِ بے مانیت Absurdities زیادٕ
سنجیدگی کھونُن ۔ ٹھیکھ چھُ تہ مابتہ وَون کہ صُبحہ پیٹھہ شام تام یہ اَسی زندگیہ منز کران
چھِ سہ ہیا چھِ سنجیدٕ آسان زیادٕ ۔ بے شک اَسی چھِ سنجیدگیہ سان کران ۔ مگر سنجیدٕ چھُنہ
سہ آسان ۔ ساڑی Routine کیا چھے صُبحَن وُتھُن یُتھ چھلُن چاے چیُن ۔ پتہ بتہ کھیُن
پتہ شامَن شونگُن تہ پتہ پگاہ بییہ تی کرُن، سانِ کیتھ بییہ تی کرُن ۔ اَمہ سترِ چھِ یہ
ساری حرکتھ بے مانے حرکتھ گژھان ۔ آخر زندگیہ منز یہ کینژھا Routine علاوٕ
کران چھِ ۔ کیا زِ چھِ کران ۔ اَسی کیا زِ چھِ منز deviation کران تہ رُٹین چھُڑاوان ۔
نِکیا زِ زندگیہ منز چھِ اَسی کینہہ مانے ژھانڈنچ کوشش کران ۔ یہوے مانے چھُ عظیم آرٹسٹ
زیادٕ بہتر پاٹھی ظاہر کران ۔ عام اِنسان چھُنہ ہیکان کٔرتھ ۔ لیکن زن یہ زندگیہ منز بے مانیت
چھِ یانے یہ کٔرتھ اَسی صُبحہ پیٹھہ شام تام زِندہ روزنِتھ تہ پتہ دٔدیمہ ددہ خاطر شریر بییہ
تانہ کٔرتھ بییہ تیار کران چھِ ۔ کُس مانے چھُ اَمہ منز نیران ۔ یہ چھِ ساری کران یہ چھِ
پرازی پاٹھی تہ شاعرو وَونمُت ۔

آہار ندرا بھیہ میتھنم چہ
سامانیم ایتد پشوبھی نرانام

یانے کھیُن چیُن نیندر کرُن کھوژُن تہ صوبتھ کرُن یم سارے خصوصیتہ
چھے حیوانن تہ اِنسانن مشترکہ ۔ یژھ زِندگی یہ منز کیاہ چھُ لیکن زن اَسی بٔڈ Sear
سی ous بٔرونہہ پکہ ناوان چھِ ۔ اَتھ منز چھُنہ Serious آسنک کینہہ وجہ

ڈاکٹر رتن لال شانت

# اختتامی تقریر

مےٚ چھِ سیٹھا خوشی زِ اَزٕچ یہِ محفل وٲژ بَدٕ نفیس پاٹھۍ اَنٛد ۔ امہِ
باوجود مالٹوہی صاحبن پور اَسہِ طلون اَکِس اہم کتھ کُن یتھ پیٹھ اَسہِ پٔزِ پاٹھۍ سوچُن پزِ ـ
بحیثیت ممبر ستمپرتی ۔ مگر تمہِ ایکہِ ہیٚرادٕ محفل سپٕز سیٹھا کامیاب ۔ امہِ کامیابی ہنٛد سہرٕ چھُ گوڈ
نتھوصاب یس یہنٛز شخصیت تعارفچ محتاج چھےٚنہٕ ۔ یمن ییٚتہ تاریف کرو تم چھ کم ۔ یہِ چھِ ستم
ظریفی یا ڈُز تو بدقسمتی ساٗنۍ آس ہنٛز زِ کٔشیر منٛز یوتام اُسۍ آسۍ توتام تہٕ آس نہٕ اَسہِ منٛز سو دیانتھ
کہِ اُسۍ کرہو یمن Talent چھ تہنٛز پرزنہٕ تھ بدکرنچ کوشش ۔ تمن دمہِ ہو ۔ تہنٛد مُقام
تمن کرہو حوصلہ افزائی ، تمن کرہو یرنہ افزائی ییتھ زَن تمن باسہِ ہے زِ تم چھ کانٛہہ سہ
کنٛہ پروان ۔ یوس ادبس چھ ۔ خاصکر نتھو صاب ہیوہ شخص یم زَن اکہِ حسابہٕ ساٗنِس ادبی
تحریکس ہیتۍ برونٛہہ برونٛہہ پیٹھے اُسۍ ہیتۍ چھ ۔ پنٛژاہ ورِ یم بٔڈۍ بدۍ ولہٕ گوٚڈنٛچۍ آیہٕ ساٗنِس تۄارکیس
پیٹھ تبدیلیہِ سپدِ یہِ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگہٕ چھ تمن ہنٛز آسۍ ہتۍ ۔ ییٚلہٕ ونیچھ واریاہ سوال یہنٛد یسا
سیاسی شخصیتس متعلق یمو کور جان زِ تم گرکھ Avoid تی پزِ ہے تہٕ کرن ۔ پرتھ کانٛسہِ
چھ پنٛنۍ پنٛنۍ سیاست آسان ۔ ادیبس تہٕ چھ سیاستھ مگر یہِ چھےٚنہٕ ضروری زِ یوسہٕ سیاستھ
ادیبس چھے سو گژھہ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنگو تسنٛدس کلامس منٛز ییٚنہٕ ۔ تہنٛدس کلامس منٛز اگر
آیہٕ نہٕ یلہٕ اگر یمو اَتھ منٛز چھُے تہٕ یم چھےٚنہٕ سوٗ نیسر کنٛہ ڈیٛرھان ، یمن چھُ حق تمثیک ـ
مزاح تہٕ طنز ۔ ونیان یمن چھُ پانہٕ واٗنۍ یہِ واٹھ زِ خٲلی طنز چھےٚنہٕ مزاح ورأے تیوٗتاہ
موثر سپدان کیتھہٕ ۔

چھُنہٕ اکھ سالمِ نقطۂ نظر کانٛسہٕ شاعرس مُتلق تأثیم سپدِتھ ہیکان۔ محتوماب تہٕ
آسن مزدر پیٚرھان زِ سٕہ گوٚژھ چھپُن تہٕ اُسی سارِی چھِ تی پیٚرھان۔ باقی گوٚیمن
آو وَنِنہٕ یِنہٕ ہِنٛدِ سٕہ ادب چھُ لیُس زیادٕ پاپولر چھُ، یتھ زن کینہہ ادب کثیف وَنان چھِ
کوتہٕ چھاپن ہیٚم۔ شاید چھیٚس نہٕ سورُے ادب کثیف ژُن گو رژھا نا چھےٚ فرق آسان
یہٕ زن منٹو ہن لیٚوکھ بے شک کنہہ منزٕ تہٕ چھےٚ لیکہٕ مگر لیکھ چھنہٕ سو وِدہ راٹھ
سرٕ ویس منزٕ کینہہ۔ لیکہٕ پیش کرنک انداز چھُ یتھ کنہ زِ سو چھِ ڈالجہٕ وسان۔ توٚہی نیو
کاتھہ تہٕ افسانہٕ تمی ٹھنڈ "گولی" پوٚرُس چھِ اُمن گوٚلی لگان۔ توٚ تام چھُنہٕ انسان سوچان
زِ بہٕ کیا چھُ وَنان۔ مگر توٚپُس یہٕ زَن سٕہ کنہہ وَنان چھُ سو چھُ گوٚلی ہِش لگان
یہٕ کینژھا تمی لیٚوکھ سٕہ چھُ اسہٕ تیٚرُس دِوان۔ سٕہ تیٚرُس چھُ مزاحس منزٕ موجود
آسان تہٕ اگر لیکہٕ نہٕ سٕہ روپ آسہٕ سو نہٕ ہیٚکہٕ اکھ ادبی وَنتھا و پیٚراوِتھ۔

دراصل لیکھ چھےٚ کیاہ۔ لیکھ چھےٚ اکھ Impotent protest
آسان۔ وُچھتو لیکہٕ منزٕ کیاہ چھےٚ زنانے ہمیشہٕ تہٕ کیاہ مرد چھُ پننہٕ so called
سی potency ہٕندِ استعمال کرِتھ زنانہٕ خلاف ظاہر کرِتھ ہیکان۔ تمی سے Exploit
کرِتھ ہیکان۔ اگر سٕہ physically کرِتھ چھُنہٕ ہیکان زبانی چھُ کران۔ اِس
لئے چھُ یہٕ پروٹسٹ اکھ Impotent protest ——

یِیلہٕ ادبس منزٕ ملوان چھُ دراصل یہٕ پروٹسٹ آمُت چھُ زِ ادب چھُ Cathar-
sis کران۔ ادب اگر کتھارسز چھُ لیُس زن یہٕ مزاحیہ ادب چھُ یہٕ چھُنا زیادٕ بہتر
کتھارسز Catharsis کران۔ اگر لیکھ انہو منزٕ استعمال کرنہٕ ییہ صحی طور

تھوکُن چھُ طنز نِگار تھراوان ۔ تمس چھُ تفاد پوان بوزنہٕ ۔ ییتھے زَن Absurd
ڈراما انگریزی ہیس منز آو، یورپس منز آو ۔ پتہٕ آو باقی دُنیہچین زبانین منز ۔
سٲنِس منز تہٕ آو کینژھا Absurd ۔ ڈراما والین پرژھکھ یہٕ کیا سا چھُ نفر جوراہ پراران
اُکس نفرس یُس ناو گوڈو چھُ ۔ یہٕ کُس سا چھُ ۔ یم چھِ پراران آخر نہ چھُ سُہ واتان
تہٕ نہ چھِ تِمن سوچنگی ژلان تہٕ سُہ کیازِ ووت تہٕ نہٕ نہ چھکھ افسوس سُہ کیازِ ووت
نہٕ ۔ نہ اُمِکھ تیوتاہ اشتیاق ۔ سُہ گوژھہ یُن ۔ پتہٕ اسہٕ میٖدہٕ سے کانہہ مسلہ حل ۔ یوتاہ
casually چھُ یہٕ سورُے سپدان ۔ وُنی چھُس یی پیرھان زِ زندگیہ منز چھُ سورُے
casually کینہہ چھپہٕ تیوت serious یہٕ زَن اُسی وَنان serious چھُ ۔ شاید
چھُ طنز اُتی ووتلان تہٕ مزاح چھُ اُتی ووتلان ۔

تحوصاب یتھ ماحولس منز پرتھییہ تتھ منز آسی تفاد واریاہ ۔ لیکھن والی
شُد دیان کیازِ چھُ گژھان اَتھ کُن ۔ تعلم کیازِ چھُ ژلان تمہٕ خاطرِ چھِ باقی وجوہاتھ
تہٕ آسان ۔ سٲنسہٕ لیکھن والیس ہیتو صوبتھ گیہ کنہٕ محفلہ ہتی گو رابطہٕ کوشش کر
لیکھنچ یتھ سٲنسہٕ شاباش کور ۔ اسہٕ سارنے چھِ ہیتھی واقات سپدہ ہتی ۔ ہیتھی واقات نے
سپدہٕ تَن شاید لیکھ ہَرَ نہٕ یتھ گئی اُسی لیکھان چھِ ۔ ہیتھے واقاتن ہُند نتیجہ چھُ
اسہٕ برونٹھ کنہٕ ۔ دُنی کینس چھُ تحوصاب سُہ چھُ تمو سارو سے تحریکن ہُند نتیجہ
یمہ پتھر زندگی منز آیہ ۔ ڈس گو پتھن کلامہٕ یُس شہرازس منز با باقی جریدن منز
چھپیو سُہ سو مرادی یم تہٕ چھاپن ——— یمن آسہٕ پاپہٕ تہٕ احساس
سُہ گو ہتہ چھپن ۔ یوتام تہٕ کتاب نیر توتام چھُ ڈیہر آوتھ آسان سورُے ۔ توتام

تیُونگل اوس۔ یوسہٕ زَن کاشِہ زُتنیٖ اَس سو گُرٕژھ ہٕ ژھیتہٕ گرٕژھنی نہٕ کیازِ اُسی چھِہ بولن والین دۄر۔ اُسی چھِہ کلچرس دۄر، اُسی چھِہ ماحولس دۄر۔ یہٕ گرٕژھ کُنہٕ طریقہٕ زِنٛدہٕ روزٕنۍ۔ یہٕ زِنٛدہٕ تھاونہٕ خاطرٕ چھُ سیٹھا مُشکلات۔ اکھ بوٚڈ مُشکل چھُ گویُس اُٹھن رٔتن بیٚیتہٕ تاپہٕ کرٲے آسان چھِہ۔ اگر اُسی تاپہٕ کرٲیہٕ کھوژُد تیٚلہِ ہیٚکہٕ نہٕ یہٕ مُمکِن سپدِتھ۔ تیٚلہِ ہیٚکہٕ نہٕ یژھ محفِل سپدِتھ۔ یُمہٕ وقتہٕ یمو یہٕ سوٗچُمُت آسہٕ تُمہٕ وقتہٕ آسہٕ ہیمَن خیال آمُت کہٕ واریاہ کالاگو اَسہٕ سمٕنُس۔ سمُن چھُ ضروٗری کیازِ سمنہٕ سٕتۍ چھِہ اکھ اَکِس سٕتۍ کتھ بوزان۔ اکھ اَکِس سٕتۍ کتھ پرٕژھان۔ یتھ کٕنۍ یہٕ کینژھا گانگراوان آسان چھُ سُہ چھُ شادِ چہِ شکلِہ مَنٛز ناہیر نیبران۔ یہٕ کینژھا اوٚتام سوٗچان آسان چھِہ تہٕ چھُ نیٚبر نیران اَکہٕ محفلِہ مَنٛز چھِہ بیاکھ محفِل زٕلوان۔ اُتی چھِہ بٔیہ سٕتۍ کتھ دِوان۔ یہٕ زُتنیٖ زِنٛدہٕ تھاونہٕ خاطر یوسہٕ کوشِش سیمرٕتی کٔر تِہٕندِ شاباشِش لایکھ۔ بہٕ چھُس وژھِہ والجہٕ امہٕ خاطرٕ شُکریہ کران۔ شاباش کران نہٕ بٔیہ دِہمید تھوان تاپہٕ کرٲیہٕ آسی تَن اُمہٕ کھوتہٕ محفِل گرٕژھ اَسہٕ چلوٚنۍ روزٕنۍ۔ ژھتو نہٕ صرف کٔر یمو ہیمتھ یمو بلاڈ اُسی سارۍ اَسہٕ سارِوے نہٕ کرٕہیمتھ۔ اُسی سارۍ آیہٕ یوٚتھ یمو کیازِ کرٕہیمتھ زٕیم گرٕژھی زِنٛدہٕ روزٕنۍ۔ اَسہٕ سارِوے کیازِ کرٕہیمتھ تکیازِ اَسہٕ چھُ اکھ اَکِس سٕتۍ بوزُن۔ اکھ اَکِس نزدیکھ روزُن۔ اَسہٕ چھُ یہٕ ہا تکل برقرار تھاونۍ یتھ مَنٛز اُسی گنڈہٕ چھِہ آہٕنۍ۔ بٔیتہٕ سون روزُن چھُ ساتہٕ وابستگی ہُند اکھ بوٚڈ بار ثبوت۔ بہٕ چھُس بیمہٕ سارۍ خاطرٕ توہہٕ مُبارک کران۔ یوس زَن بٔیتہٕ کتھ وٕژھ زٕ ... محفلہٕ مَنٛز گرٕژھ Physical یٕژھ اوٚژٲیی سپدٕنۍ بہٕ چھُس اَمہٕ سٕتۍ بِلکُل مُتفق۔ تہٕ چھُ باسان سیمرٕتی چھِہ اَمہٕ قابِل زٕ اُسی ہیکو پیٚشر رٕژھ کرِتھ۔

تیلہ دیہ یہ بہتر کتھا رہنر —

اگر اَدبُک سُہ اکھ مُدعا چُھ تمہِ حسابہٕ چُھ مزاحیہ تہٕ طنزیہ ادب سیٹھا
تھدِ پایک ادب۔ یِم زَن رس شاستری ساتھی چھِ یُس زَن سون مشرقی تنقید چُھ تِم
تہٕ چھِ حاصل رس دنان۔ حالانکہ تِم چھِ دنان زِ کرُن رس چُھ زیادٕ اہم بیٚیمہٕ سٟتی دیاباد
یاد گژھ، بیٚیمہٕ سٟتی رحم دوتلہٕ۔ سُہ ہیٚکہِ چُھ زیادٕ مگر ہاسہٕ رس ہیٚکہِ چُھ بے تمرر
رس اکھ بے [illegible] آسنہٕ کنہِ ہیٚکہِ چھ یہ زیادٕ سماجی sociable رس۔ اتھ منز
ہیٚکہِ چُھ سماجک لحاظہٕ زاد نفوس یوان یہ ہیٚکہِ ہیکہ بجہ محفلہ آوزا آوتھ۔ کرُن رس
یا شنگار رس کھوتہٕ ہیکہ یہ آوزا آوتھ زیادٕ لوکن۔ یہ چھ حقیقتن اَسی وُچھان نہٕ۔ تی
چُھ اکھ مزاحیہ شاعر نہٕ کران۔ تہٕ تحومابن نہٕ چُھ تی کورمت۔ اسہٕ چھ دومیدیم انن
پیٚنن کلام برد بُہر کُن تہٕ ساذِ یہ تشنگی گژھ دور۔ یہ ادس وُذِ یہ سونچان
کہ تہ یہ دِرہ مےٚ یہ نیرتھ افزائی۔ یہ چھ میاذ سیٹھا خوش قسمتی تہٕ یہ روزہ اکھ
موہولی اِدکر اَبتھ سمپرتی سٟتی ہمیشہٕ۔ یہ چھےٚ مےٚ commitment یہ چھےٚ اسہٕ
سارنے منز commitment۔ یتھ گرمہ ژنجہ منز کُر سمپرتی یہ میٹنگ کیازِ کرُن
اگر یہ تہٕ آسہٕ ہا اکھ کیو یٹو ممبر۔ ممکن چُھ مےٚ آسہٕ یہ پانس نش جواب۔ مگر یہ
چھس وُذ کیس الگ پہن۔ مےٚ سونچ یہ پانس سٟتی تہٕ پیوم یاد کہ سمپرتی ہُند
مقصدے کیا اوس آخر۔ پیٚلہ یہ قایم سپدے یہ۔ مقصد اوس اکے زِ اَسی کینژہ
یِم زن پننہ مُنٹی برلیکھن راۆ چھ کاشرس منز چھا، ہندیس منز چھا اردوس
منز چھا مگر کاشُر چُھ اَسہٕ ماجہ زیو۔ اتھ سٟتی چھےٚ اسہٕ زیادٕ نزدیکی۔ اسہٕ کیس زن

چھے عریاں پرٕسی منز پنٕہ نس ساٖمیس نشہِ پیش سپدان ۱ے
دۄیمِس زبانن ہنٛدٕ پاٹھۍ چھے یہٕ کتھ کاشُر زبانٕ پیٹھ تہٕ لوگو سپدان۔ یہِ وجہ چھُ زِ یہٕ زبان چھے اَمہِ کِنہ بولن والین نشہِ تیتھے پاٹھۍ بے دۄن تہٕ ماجہِ زٕیوِ ہنٛز اہمیٚژ نِشہِ بے خبر یتھ پاٹھۍ اکھ شُر چھُ ماجہ ہنٛزِ ممتایہِ پیٹھ پننہِ قودرتی حق مانان مگر ماجہِ ہنٛز اہمیتھ چھُنہٕ سمجان۔

دُنیہس منز چھے یمے ۳۰۰۰ زبانٕ بولنہٕ یِوان۔ توارٕیخی تہٕ تقابلی لِسانیاتکیو اُصولو مطابق چھے یِمن زبانن ہنٛز ورگہٕ باگتے پرِوارن، لوکٹین پرِوارن شاکھاین ۔۔۔۔ منز کرنہٕ آمژ زبانن ہنٛدٕ پرِوار مُشخص کرنٕچ بُنیاد چھے زِ کیٚنژن زبانن ہنٛز مولادار چھے اکھ خاص زبان تہٕ وَق گُذرنس ستی پرٕنیبہِ اَمہِ زبانٕ منز وارِیاہ زبانہٕ، لوکچہِ زبانہٕ بولہ وغارٕ یِمو سے پرِوارَد منز چھُ اکھ بۄڈ تہٕ اہم پرِوار تہٕ اتھ پرِوارس چھُ ناو ہنٛد۔یورپی پرِوار۔ اَمہِ پرِوارچہِ زبانٕ چھے لگ بھگ ساری سے یورپس، افغانستانس، ایرانس پاکستانس تہٕ شُمالی ہندوستانکس بڈِس حِصَس منز بولنہٕ یِوان۔ سانہٕ مُلکچہِ یمہٕ ریاستہٕ چھے اتھ منز شامل یِوان کرنہٕ، اَسم، بنگال اُڑیسہ، بہار، اُتر پردیش

۱ے उतत्वः पश्यन् न ददर्श वाचम् ।
उतत्वः शृण्वन् न शृणोत्येनाम् ॥
उतो त्वस्मै तन्वं विसस्रे ।
चायेव पत्ये उशती सुवासा ॥

ڈاکٹر ایس۔ این۔ کول

# کاشِر زبان تہٕ لفظن ہُنٛز ٲویٛتھ

زبان ورتاوس منٛز اَیِنٛہ ضَروٗرتھ چھےٚ نِنہِ پٲٹھۍ محسوٗس یِوان کرنہٕ یتھ پٲٹھۍ نہٕ زنگ وٕڑِنٛچ دیہادِنٛچ زامن کرنٛچ، یوٚنٛد تٕرادِنٛچ ضروٗرتھ چھےٚ پیوان۔ اِنسان سُنٛز ییمہِ کوٗششہِ چھےٚ ییٚنٛز قدرتی ز اسہِ چھِنہٕ ییمن کوٗششن پیٹھ عام پٲٹھۍ سوچنٛچ دیٛنٛار کرنٛچ کانٛہہ تہٕ ضروٗرتھ باسان۔ یِہے حال چھُ زبٲنۍ ہُنٛد تہٕ۔ یہٕ دُنٛن چھُ تیٚلہِ زیادٕے یہن صحی نہٕ یا مانے باسان ییٚلہِ اَسۍ ماجہِ زیٚوِ ہُنٛز کتھ چھِ کران۔ ماجہِ زیٚوِ ہُنٛز چھاپھ چھےٚ زبان یا زبٲنۍ کِہ مقابلہِ سارِوٕے برٛونٛٹھ پیوان۔ اَمیُک اِرتقا چھُ قدرتی حالاتَن بےٚ ضبط ماحولس تہٕ لاشعوری اوستھایہِ منٛز سپدان۔ غالباً یِہے وجہ چھُ زِ ماجہِ زیٚوِ مُتلق غور و فِکر کرنٛچ ضروٗرتھ چھِنہٕ اَسۍ عام پٲٹھۍ محسوٗس کران۔ سنسکرت زبٲنۍ ہُنٛد یہٕ سوٗترٕ : मातृभाषा भाषाणां
چھُ یِہے کتھ پوشٹ کران زِ اَسۍ چھِ ماجہِ زیٚو ورتاوان مگر اَمہِ زبٲنۍ ہِنٛدۍ راز چھِنہٕ زانان۔ رِگ ویدچہٕ اِ رِچایہِ مُطابق ونو زِ زبان دُچھتھ تہٕ چھِ اَسۍ اَتھ نظر انداز کران، زبان بوٗزِتھ تہٕ یہٕ دِپِ زِ تہٕ زوٗر لاگان مگر زبان دانس نِشہِ چھےٚ زبان تِتھےٚ پٲٹھۍ برونٛٹھ کنِہ یِوان یتھ پٲٹھۍ زنانہٕ

دۄنیاہ ؤلیسے آسہٕ کاشُر زبانۍ منٛز تبدیلی ہیٚنٛدۍ آثار بیٚتہِ میو ژرہٕ پانٛژترہٕ ؤری یوٚ پیٚٹھے نظر گژھان۔ اتھ ضمنس منٛز اکھ تواریخی پسِ منظر روزِ فایدٕ مند۔

بیٚتہِ میٚن کینٛژن دہلین منٛز پیٚیہ جموں و کشمیرِ کین سیاسی، سماجی، اقتصادی تہٕ تعلیمی حالاتن منٛز کینٛہہ خاص تبدیلی رونما۔ ریاستس منٛز رودۍ سیاسی تہٕ انتظامی حالاتھ غٲر مستحکم نتیجہٕ ڈراو داریاہ کاشرۍ نوجوان بیٚہ لاکھہٕ ڈرایہ کشیرِ منٛز روزگار کرِ بہانہٕ تہٕ وارہٕ وارہٕ لبییہٕ مملکہٕ کین دویمین ریاستن منٛز۔ یِم سری نگرکین اندرِمین علاقن منٛز روزان آسہٕ۔ تِمو منٛز تہٕ ڈرایہٕ وارہٕ وارہٕ لوکھ تہٕ لبییہٕ نوین کالونین منٛز۔ یِدن ہُنٛد گرٕ ترٲوِتھ تہٕ نوین کالونین منٛز بسِتھ پیٚیہ نفسیات بدلان تہٕ امیک اثر پیوٚ کاشرِ زبانۍ پیٚٹھ تہٕ۔ جوان مالو ماجو دِیت بچن تہٕ کاشرِ زبانۍ بدلہٕ ہِنٛدی اُردو س منٛز کتھ کرنس پیٚٹھ زور۔ ہندی اُردو ہس منٛز تہٕ پیٚد انگریزی زبانۍ ہُنٛد غٲر واجِب استعمال۔ شُرِین پیٚٹھ آیہٕ اکھ جایہٕ ییمہٕ زبانہٕ تِمن پیٚٹھ لادنہٕ۔ ① ہرگاہ یِم بچہٕ کاشرِ پاٹھۍ کتھ کران تِمن آس بیزتی یوان کرنہٕ یا اگر کاشرِ پاٹھۍ کتھ کران تہٕ تِم آسہٕ تِمہٕ ساتہٕ انگریزۍ اردو ہندی لفظ استعمال کرنہٕ خاطر motivate یوان کرنہٕ۔ یِتھ پاٹھۍ بنییہٕ یہٕ زبان ترژھ کھچری ہِش یوسہٕ تہٕ

---

① کینٛہہ مِثالہٕ چھِ یِتھہٕ پاٹھۍ (و) مول مٲج لفظن ہُنٛد بدلہٕ ممی پاپا یا ممی ڈیڈی (ب) ماسٹر ماجِس ہُنٛد بدلہٕ کزن (پ) اکھ، زٕ، ترٛے بدلہٕ ون ٹو تھری۔ (ت) صُبحچہ چایہٕ بدلہٕ بریک فاسٹ تہٕ ییٚتھے پاٹھۍ لنچ تہٕ ڈنر۔ (ٹ) زندہٕ وار بوٚ مواد بدلہٕ منڈے ٹیوسڈے۔

مدھیہ پردیش، مہاراشٹر، گجرات، راجستھان، ہریانہ، پنجاب، ہماچل پردیش
جموں وکشمیر۔ کاشر زبٲنۍ ہُنٛد تولُن چھُ تِتھ ہِرِ وارس سٟتۍ یِتھ منٛز
انگریزی، فرانسیسی، رۄسی، یونانی، لاطینی، سنسکرت، اَویستا ہِشہٕ زبٲنۍ
چھےٚ شُمار یِوان کرنہٕ۔ کشیٖرِ علاوٕ چھےٚ کاشر زبان بھدرواہ، ڈوڈہ کشتواڑ
ہِوین علاقن منٛز بولنہٕ یِوان[1]۔ ١٩٩٠ ہس منٛز یوٚدوے کاشرین پنڈتن
خانہٕ وُجارۍ گییہٕ تہٕ تِمن پیو کشیٖرِ نیٚبر ژلُن۔ تِمہٕ کنۍ چھےٚ یہٕ زبان ہِندوستانکین
لۄکٕٹین بٔڈین شہرن منٛز تہٕ بولنہٕ یِوان۔ جیٚمہٕ تہٕ دِلہٕ منٛز چھُ کاشر
زبان بولن والین ہُنٛد اکھ بوٚڈ تیداد نظرِ گژھان تہٕ کیاز ازکل چھُ
مائگرٔنٹن ہُنٛد بوٚڈ تیداد یِمن شہرن منٛز قیام کرِتھ۔
١٩٩٠ ہس منٛز کشیٖرِ نیٚبر کاشرین پنڈتن ہُنٛد مہاجرستھان چھُ
٢٠ ہمہٕ صدی ہُنٛد بوٚڈ المیو منٛز اکھ۔ سکندر بُت شِکن سٕندِ دورٕ پتہٕ
اوس یہٕ پنڈتن ہُنٛد اکھ بوٚڈ پرستھان۔ تِم گییہٕ پننہٕ پنٕنۍ گرٕ نِشہٕ مۄحروٗم
مگر سو کٲسہ دۄہس منٛز اکار بکار یینہٕ واجِبی تہٕنزِ ماجہ زٕو رۄز تِمن
سٟتۍ سٟتۍ تکیاز زبٲنۍ ہُنٛد سرمایہ چھُنہٕ ... ہٕ تہٕ کاتھہٕ ژوٗرِ ہیکان
نِتھ۔ اَسی ہیکو ؤنِتھ زِ مائگریشنٕکین دۄن ترین وری ین رۄد کاشر
زبٲنۍ ہُنٛد status quo لگ بھگ برقرار مگر وارِ وارِ شُرِ پییہٕ
اَتھ منٛز ڈوگری زبٲنۍ ہِنٛدۍ لفظ۔ کینٛہہ مِثالہ چھےٚ یِتھ پٲٹھۍ ــــــ (ناد)
اقبال دھرم، ساحل کول (سبزی) کاشی پھل، لوکی، گیا پھلی ـ ـ ـ ـ

(1) کاشر زبان چھےٚ ہِماچلِ کِس چمبہ علاقس منٛز تہٕ کینٛشن جاین بولنہٕ یِوان۔

ڈُسہٕ جار دِوان۔ یِم لفظ کُنہِ زبانہِ منز دۄیمہِ زبانہِ نو ہیتھ یِوان تِمن چھ آگنت
یا مُستعار لفظ وَنان۔ یِم مُستعار لفظ ییٚلہِ اہلِ زبان پَچاوان چھِ تِم چھ تِمہِ
زبانہِ ہِنٛدی پَنٕنی لفظ بنان۔ انگریزی زبانہِ ہنٛدی ۷۵ فیصدی لفظ چھِ مُستعار۔
اَتھ چھِ صِرف ۲۵ بے فیصد لفظ پَنٕنی۔ دراصل چھِ اُسی دۄیمین زبانن ہِنٛدی
لفظ ییٚتِھ کنی پانہٕ ناوان تہٕ کیازِ اَسِ چھُ پَنٕنہِ زبانہِ مَنٛز لفظ ژھریر باسان۔
دِیان ییٚلہِ سنسکرت زبان عوٚروجس پیٚٹھ اوس امہِ زبانہِ تہٕ آسہٕ ہیٚن دۄیمین
زبانن ہِنٛدی پانہٕ نٲوی ہیٚنی۔ یِتھہٕ پٲٹھی اگر کٲشرِ زبانہِ انگریزی، ہنٛدی
اُردو، فارسی، عربی وغٲرہ زبانن ہِنٛدی لفظ پانہٕ نٲوی یہٕ کتھ مانو اَکہِ حسابہٕ
صحی۔ پرانہِ کالہٕ پیٚٹھے چھِ امہِ زبانہِ دۄیمین زبانن ہِنٛدی لفظ کٲشرٲوی ہیٚتی۔
اِستقابتا تکہِ حِسابہٕ ہیٚکو کٕہ اُسی کٲشرِ زبانہِ ہِنٛدی لفظ ژٕن حِصن مَنٛز بٲگرٲوِتھ۔
تت سم، تدبھو تہٕ دیشج۔

تت سم گیہِ تِم لفظ یِم مۄلہٕ تلہٕ سنسکرتکی لفظ چھ تہٕ یِم چھِ کٲشرِس
منز تِگ بھگ تِتھے پٲٹھی بولنہٕ یِوان یِتھہٕ پٲٹھی یِم سنسکرتس منز بولنہٕ یِوان
چھِ۔ سنسکرتکی پٲٹھی چھے یہٕ لفظ سمپدا کٲشرِس مَنٛز انگریزی، عربی، فارسی
وغٲرہ زبانن ہِنٛدی تہٕ دستیاب۔

مِثالہٕ:۔ سنسکرت تت سم ——— تن، من، ہمے، کال
بیش، ماتا، پاتال، آکاش، اوم، انت، سنسکار، یگیہٕ، پیپڑا، چِنتا وغٲرہ۔
تدبھو گیہِ تِم لفظ یِم بنیادی سنسکرت، عربی، فارسی، انگریزی زبانن

عام پأٹھۍ ہیفم سپدن واجِبی آس۔ غار مناسِب حالاتو کنۍ ذرایہِ دوٚیمہِ طرفہٕ
دیہاتن منٛز روزن وٲلۍ نوکری پیشہِ یا تجارتھ پیشہِ لوٗکھ تہٕ لبیہِ سرینگرس یا
اَمہِ جیپن نوین بستیین منٛز۔ تِموتہٕ اپناو بچن ہتی زبانٕی ہنٛزِ بہانہِ فارمولا
وُچھان وُچھان بنیہِ بچن ہتی ہِنٛدی اوٚر دوٚہس منٛز کتھ کرٕنۍ اکھ سماجی
رُتبہٕ اکھ کرٛیز۔ بدلوٚقس اَتھ لِسانی ماحولس منٛز گیہِ بُزرگ پیپر خاصکر
انہِ پڑھ پیپر (misfit)۔ یہِ وُنُن گژھہِ نہٕ اسنگت زِ زبانٕی ہُنٛد یہِ Approach
چھُ اِنسانہِ سُنٛد دیہاتی ژھرہر تہٕ اکہِ حِسابہٕ زبانٕی ہُنٛد تہٕ کلچرک اَیمان۔

عام پأٹھۍ چھُ زبانٕی منٛز دوٚیہِ قسمکۍ سِسٹم (System) آسان۔
اکھ سِسٹم گوٚ لفظن ہُنٛد تہٕ بیاکھ گوٚ گرامرک۔ یِم دوٚشوٕے سِسٹم زانِتھ چھُ اَسہِ
زبانٕی پیٹھ عبور سپدان۔ ہرگاہ اُسی لفظہٕ رٕپ گرامرس ضبطس تحت انوکھ نہٕ
بولنہِ چالنہِ وقت ہیکو اُسی پریشانیین منٛز مُبتلا گژھتھ۔ یتھے پأٹھۍ گرامرس
پیٹھ عبور آسِتھ تہِ چھُ لفظو بغار ساںہِ زبانٕی ہُنٛد گیان نامکمل۔ اَتھ پسِ منظرس منٛز
اگر اُسی کأشرِ زبانٕی ہنٛز کتھ کرو تیلہِ چھےٚ کینٛہہ اہم کتھ دوٚثھان۔ کأشُر
بولن وٲلۍ چھِ بچن کأشرس منٛز انگریزی ہِنٛدۍ یک غار ضروٗری لفظ
اِستعمال کرناوان۔ کیا اَمہِ سٟتۍ چھا کأشرِ زبانٕی ہُنٛد شوٗد تہٕ خالص رٛوپ
مُتأثر گژھان؟ یتھے تیتھ یہِ وُنُن چھُ مناسِب زِ کانہہ تہِ زبان چھےٚنہٕ لفظو
کنۍ شوٗز یا خالص آسان۔ زبان خاصکرِتھ دوٚیہِ زبان چھےٚ دوٚیمین زبانن
ہِنٛدۍ عام فہم لفظ ہتے شوٗنکۍ پأٹھۍ پانہٕ ناوان نہٕ پننِس لفظی سرمایس

یِم چھِ عالم پاَٹھۍ کاشُر زباَنۍ ہِندی پٮ۪ٹھۍ لفظ مانٮ۪ہ یوان۔ اکھ دِلچسپ تہٕ اہم سوال چھُ وۅ تھان زِ کاشُر زباَنۍ ہُنز چھا پٔزۍ پاٹھۍ تیُتھ کانٛہہ لفظ یُس زن اَمِیک پنُن لفظ مانون۔ دیشج لفظن ہُنز etymology طے کرٕنۍ ضروری تہٕ چھَنہٕ پیوان۔ وٮ۪یسے یِمن لفظن ہُنز etymology وَننۍ چھے بڑ مُشکِل کام۔ غالباً etymology طے نہٕ کرٕنہٕ کِنۍ پٮ۪ٹھ اَسۍ یِم لفظ شاید دیشج کِس کھاتس ہِنز ہِش مُش کٔرِتھ دارِتھ دِوان۔ کتھ مایِتھ پاٹھۍ زِ کاشرِ زباَنۍ ہِندۍ تِم لفظ یِمن دیشج ونو تِم ما چھِ تِتھے پاٹھۍ تدبھو۔ یِتھ پاٹھۍ "تدبھو" تدبھو کِس کھاتس ہُنز چھُ شُمار یوان کرنہٕ؟ اَمہِ کتھ ہُنز تصدیق چھے ڈاکٹر پوٗرن سِنگھ ڈباس سِنز کِتابہٕ "ہندی میں دیشج شبد" سیتۍ گژھان۔ ڈاکٹر ڈباس چھے ہندی زباَنۍ ہِندین لگ بھگ تِمن ۱۲۰۰ لفظن ہُنز etymology بُڈ محنتہٕ سان تقریر کٔرِتھ یِم دُنیک تام دیشج اَسی مانٮ۪ہ یوان۔ یِمن لفظن ہُنز etmology چھکھ نہٕ دٔنِتھ ہیٚچمژ۔ تِمن لفظن چھُ سوالیہ دِنہٕ آمُت تہٕ دوٚیمِت زِ یِم لفظ چھِ Unknown etymology۔

یِہ کتھ نظرِ تل تھٔوِتھ ہیٚکو دٔنِتھ زِ کاشرِ زباَنۍ آسہٕ نہٕ پنُن کاشُر لفظ کانٛہہ نہٕ۔ اَمہِ آسن برونٛہہ کالہٕ دوٚیمین زبانن ہندۍ لفظ کاشرٕوی ہیٚنۍ تہٕ غلطی سببہٕ چھِ اَسی تِمن لفظن دیشج ونان۔ کاشرِ زباَنۍ تہٕ چھِ ورا تِمَس ہُنز سنسکرت تہٕ دوٚیمین زبانن ہندۍ لفظ مٔہلی ہیٚتۍ۔ لسانیاتکہِ حسابہٕ چھَنہٕ یہِ کتھ ناممکِن زِ کاشرِ زباَنۍ آسہٕ نہٕ پنُن لفظ کانٛہہ نہٕ۔ مگر ثبوت کٔرِتھ تہٕ ونو

ہندی لفظ چھہ مگر وقتس سیتی پکان پکان چھۓ یمن لفظن منز کاشرس منز مارٕ فیٚصل آئی تبدیلی نظر گژھان۔ مثالہ شاپہ (شاپ) امرہتھ (امرت) پوشٹ (پُشٹ) دۄکھ (دُکھ) سوکھ (سُکھ) پیتا (پِتا) اَن (अन्न) پیٚنٛن (آتمن) زل (جل) وۄم (آدم) ریٚوش (رِشی) ٹرے (ترپیہ) ژور (چتنوارِ) مآج (ماترِ) گرٕ (گرِہ) ہیٚے (مَیا) پرٕتھوی (پرِتھوی) بگوتی (بھگوتی) نَب (نبھ) بگوان (بھگوان) مۄدُر (مدھر) باشا (بھاشا) اۄبرٕ (ابھر) بوے (براترِ) پۄترٕ (پُترٕ) انگوٗٹھ (انگوشٹ) اَنٛد (انت)۔

----- وغارٕ۔

(فارسی، عربی، تُرکی) تت سم تہٕ تدبھو —— نار، زرستان، زمین سزا، عجیب، اجل، صبر، مآفی، کآفی، انبار، قینچی، تُلی، نوتن، خان، چاکھماکھ تکارٕ، سوگات ----- وغارٕ۔

انگریزی تت سم :- اپیل، انجینیر، آفیسر، نرس، ٹائی، سٹیمپ، سٹیج، سکول، سپیشل، سٹی ہر، سپرنگ، ایجنٹ، ایجنسی، ایکٹ، پینٹ، کمشنر، کمشن، کمپنی، آرڈرلی، ریکروٹ، گلاس، گیس ----- وغارٕ۔

انگریزی تدبھو :- اردلی، رنگ روٹھ، افسر، انجنیر، پتلون، کوٹھ، کلنڈر، کمیٹی، اجنٹ، اجنسی، گزٹھ، گلاسہ -----

کاشرس منز مانوکھ دیشیج تم لفظ یم نہٕ تت سم چھہ۔ نہٕ تدبھو چھہ نہٕ چھہ بدیشی۔

۲۔ کأشُر:۔ سُرینِدر چُھ مِیانِس ماماجی کأشُر:۔ سُرینِدر چُھ مِیانِس mater nal uncle سُنٛد son۔ سُنٛد نیچُو۔

ہِنٛدی:۔ سُریندر میرے ماما کا بیٹا ہے۔ ہِنٛدی:۔ سُریندر میرے natural uncle کا son ہے۔

۳۔ کأشُر:۔ سُہ چُھ کِتاب پران۔ کأشُر:۔ سُہ چُھ بُک پران۔

ہِنٛدی:۔ وہ کِتاب پڑھتا ہے۔ ہِنٛدی:۔ وہ بُک پڑھ رہا ہے۔

یِتھے پأٹھۍ کأشُر تہٕ ہِنٛدی اوٗر دُوِہ کینٛہہ مِثالہٕ چھےٚ یِتھہٕ پأٹھۍ:۔

۱:۔ میں نے بتہٕ ہیوٗنڈ کھایا۔

۲:۔ مُنا کاہ گاسہٕ پکو بوٗٹھ خراب ہو جایگا۔

۳:۔ وہ میرا ماسٹر بوے ہے۔

۴:۔ بنٹیا تیرے کو کونسی تھپھ ہو گئی۔

یِمو مِثالو ہیٚنٛز چھہ صاف گژھان زِ پرمپرایہٕ ہِنٛدِس کأشرِس مَنٛز چھُ پنُن آسنُک باو۔ انگریزۍ کأشُر چھُ صاف پأٹھۍ بناوٚنۍ باسان۔ کأشرِ زبأنۍ مَنٛز انگریزۍ یا ہِنٛدی لفظ ورتأوِتھ تہٕ چھہِ اَسی کأشُر بولان تہٕ کیاز زبأنۍ ہِنٛز ساخت یا بناوٹ چھےٚ کأشرِ زبأنۍ ہِنٛز۔ گرامرُک ضبط چھُ کأشُر۔ مگر یِتہٕ چھُ کٔمی زِ لفظ ذخیرُک کم کرنہٕ خأطرٕ دوہیمین زبانن ہِنٛدۍ لفظ پانہٕ ناوٕنۍ چھِنہٕ خراب کَتھ۔ ییمن عام فہم لفظن ہِنٛز کٔمی باسہِ تِم لفظ گژھن ضروٗر پانہٕ ناونہٕ یِنۍ۔ اَمہِ عملہٕ سِتۍ چھُ زبأنۍ ہُنٛد لفظی سرمایہٕ مضبوط

زِ یہِ سۄنتھ سپر کرنہٕ خاطر چھےٚ بروٚنٛہہ کُن بٔنیہِ تحقیق کرنٕچ ضروٗرتھ ۔

کٲشِر زبانۍ منٛز چھِ سنسکرتکۍ لفظ تت سم تہٕ تدبھو دوٚشوٚنۍ رٔنگن منٛز میلان ۔ وراثتس منٛز میلی ہیتی لفظ نظر انداز کٔرِتھ دۄیمین زبانن ہنٛدۍ لفظ پانہٕ ناوٕنۍ چھُنہٕ جان کتھ ۔ یہِ گو کٲشر زبانۍ ہنٛز انیاے کرُن ۔ یہِ کتھ زانُنۍ چھےٚ ضروٗری زِ اُردوٗ فارسی ، عربی زبانن ہنٛدِ اثر بروٚنٛہہ آسی کٲشر زبانۍ منٛز چھِ سنسکرتکۍ لفظ میلان ۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اَتھ منٛز انگریزی لفظ بے وٲیہِ پٲٹھۍ شامل کرنہٕ ۔

یتھ پٲٹھۍ چھےٚ کتھ صاف گژھان زِ لفظو رٔنگۍ چھُنہٕ کٲشر زبان خالص یا شود ۔ دراصل دۄیمین زبانن ہنٛدۍ عام فہم لفظ پانہٕ ناوٕنۍ چھُنہٕ خراب کتھ ۔ مگر یمن لفظن ہنٛد استعمال گژھ تہٕ غٲر ضروٗری تہٕ بناوٹی آسُن یٔلہِ زبانۍ منٛز پیرم پرایہٕ ہنٛدۍ لفظ موجوٗد آسن تتھ حالتس منٛز دۄیمین زبانن ہنٛدۍ لفظ ورتاونہٕ تنگ مطلب کیا چھُ ؟ یہِ چھےٚ زبانۍ سیتی زیادتی تہٕ باقے چھےٚ بولن وٲلی سٕتۍ حالتھ کھٔنٛڈس لایکھ گژھان ۔ سۄنتھ ہنٛز تصدیق گژھ یمو مثالو سیتی ـــــ

پیرم پرایہٕ ہنٛد کٲشُر

(۱) کٲشُر :۔ یہِ چھُ میٲنۍ گر ۔
ہندی :۔ یہ میرا گھر ہے ۔

انگریزی کٲشُر

کٲشُر :۔ یہِ چھُ میٲنۍ ہوم ۔
ہندی :۔ یہ میرا ہوم ہے ۔

یہِ کٲم یُوت بہٕ تیُوت جلد ییہِ کرنہٕ تیُوت گژھہ ہان۔ کٲشرِ زبٲنۍ ہِنٛدۍ واریاہ لفظ محاورٕ، کہاوتہٕ، دوہَن ہِنٛدۍ ناو، گرٛندٕ ہِنٛدۍ لفظ کلچری لفظ —— یِمن پیٹھ نگھنٹوٗ تیار کرٕنۍ چھےٚ وقتٕچ ضرورت۔ پرٛتھ جاتی چھےٚ کھان پان دوتسوٗت، پلو پوشاکھ، درٛیچ، زبٲنۍ ہنٛز پرٛم پرا آسان۔ پرٛتھ کانٛہہ جاتی چھےٚ یِمن پیٹھ فخر کران۔ اگر یِم چیٖز روزن نہٕ تیٚلہِ ہیٚکہِ اکہِ جاتی ہنٛز پرٛزنتھ ختم گژھتھ۔ ماجہِ زیٚوٕ چھےٚ کلچرٕ رچھنہٕ خٲطرٕ تہٕ پیٖر در پیٖر اَتھہ برونٛٹھ پکہٕناونہٕ خٲطر اکھ زودار ذریعہ۔ اگرنہٕ ماجہِ زیٚو روزِ اَسہِ کیٚتہٕ روزِو۔ موٗل ماج چھنہٕ ساریٛسے وٲنسہِ ساتھ دِوان مگر ماجہِ زیٚو" چھےٚ آخری دَمس تام پوشان۔ زبٲنۍ ہنٛز ہیٚکن کمزوری یا کوتاہی آستھ مگر تمہِ کنۍ چھنہٕ ماجہِ زیٚو نظر انداز یوان کرنہٕ۔ تمہٕ کوتاہی ہیٚکوکھ دوٗر کرِتھ۔ ماجہِ زیٚوِ بغٲر چھُ اِنسان زنتہٕ جلاوطن گژھان۔ چاہے سُہ کیٚتاہ آسہِ نہٕ پننہِ نسِ گرِ سٟتۍ ہنٛز روزان۔ ماجہِ زیٚوِ ہنٛز سٟتۍ باتھ کرنہٕ سٟتۍ یا اَتھ زبٲنۍ ہنٛز دٔکھ درد باونہٕ سٟتۍ چھُ پانٛنیار یاسان۔ یُتھ پاتہٕ نیار باوُن چھُنہٕ دوٚیمہ زبٲنۍ ہنٛز عام پٲٹھۍ مُمکِن۔ انگریٖزی پرنہٕ لیکھنہٕ خٲطرٕ چھہ ساریٛسے دُنیاہس منٛز سکوٗل، کالج تہٕ یونیورسٹی مگر یِمہ سہولیژ چھنہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِ خٲطرٕ دستیاب۔ ماجہِ زیٚوٕ کٲشرِ اگر اکہِ پھرِ ژھینہٕ گیہِ پتہٕ یہ لبنۍ چھےٚ سیٹھاہ مُشکل۔

ڈسکورس (Discourse) سطحس پیٹھ وُچھ اَسہِ کٲشرِ

بنان۔ زبانٕ ہنٛز گنگایہ چھُ سنٛبر نہٕ وُپہ جارہ لگان۔ مایگرلشنہ پتہٕ اپناوک کاشُر بولن والیو انگریزی تہٕ ہندی لفظ بُدٕلس تیداس منٛز نہٕ یہ عمل چھے جارٕی۔ کٲشِر منٛز آس یہ عمل موجود۔ اکہِ طرفہٕ اگر یہ عمل صحی چھُ مگر دوٚیمہِ طرفہٕ اگر زبانٕ ہرپی مکانس سٲنٛنا بینہٕ رَقتہٕ دارِ دروازٕ دُفھِ رۆدی یہ طوفان ہیکہٕ اَتھ مکانس نوقصان واتہٕ ناوِتھ۔ اَمہِ کنہِ چھے وقتیچ ضۆرورتھ زِ اتھ مکانس گژھَن وقتہٕ ضۆرۆرتھ دارِ تہٕ بند کرنہٕ ینہٕ۔

یِیمہِ رفتارہٕ کٲشرِ زبانٕ ہُنٛد لفظی سرمایہ نظر انداز چھُ سپدان۔ باسان چھُ برونٛہہ کُن ماگژھ اَمہِ سرمایک بوڈ حِصہ اَتھٕ منٛزِ نیرِتھ ہیمکن چھُ اَسہِ ماپہن کٲشرہ پاٹھی تگھنٹو لیکھنہٕ۔

---

1: —— پرانہِ زمانہٕ گیہِ وق بدلِنس سیتھ ویدک زبانٕ ہنٛدی داریاہ لفظ پتھ کُن تِکیاتِ تِم لفظ آیہ نہٕ ورتاوس منٛز اَنہٕ۔ ظاہر چھُ زِ نوِ پیپر ہیکہٕ ہان نہٕ یمن لفظن ہُنٛد مطلب سمجھتھ نہٕ ویدٕ پرِتھ۔ تمہِ وقتکیو عالمو کوٚر محسوس زِ یتھ گامتن لفظن پیٹھ گژھَن ڈکشنری بناونہٕ ینہٕ۔ دِیان چھ ینتھ پاٹھی آیہ اردہ ڈکشنری تیار کرنہٕ ‘نرُکت’ (निरुक्त) چھے اَمی ہرم ہرایہ ہنٛز اکھ ‘مشہور’ ڈکشنری۔

ییمَو خاکو سٕتۍ چھُ کتھ صاف گژھان زِ دۄیمَن زبانن ہنٛدۍ لفظ
گژھن ضروٗرٕ پانہٕ ناونہٕ ییٖنۍ۔ مگر زور زبردستی گژھتھ بیےیٚن زبانن ہندۍ غار
ضروٗرۍ لفظ پانہٕ ناونہٕ سٕتۍ چھےٚ زبانۍ ہنٛزٕ پننہِ پٔرکرتھ مُتاثر گژھان تہٕ اتھ منٛز
چھُ بناوٹی پَن یوان۔ اَمہِ زور زبردستی ہُنٛد نتیجہٕ چھُ زِ ساٹھی نوجوان پیرِ تہٕ بچہٕ
چھُ ژٔنٛدرٕ وار بۄم وار بدلہٕ Monday, Tuesday اکھ زٕ ترٛےٚ بدلہٕ
one two three ونہٕ خاطرٕ مجبوٗر۔ رِشتہٕ دٲری ہنٛدۍ لفظ چھِ سٕتہٕ
گٲمتۍ۔ دید ہنیبہٕ ودٕنی نانی یا دادی۔ بہٕ چھُس ساناہ پرم پرایہٕ حسابہٕ ٹھیکھ
ماٹھیاجی، لالاجی، کاکنی، بابی، بوبوجی، ماکٹی جگری ——— کیا یِم
لفظ چھا نظر انداز کرنس لایکھ؟

سوال چھُ پاد گژھان زِ زبانۍ ہنٛد یہٕ Scenario بدلیو
صرف مایگریشنہٕ کِنہ؟ دراصل اَیہِ کھوس بنی یاد آس کشیرِ منٛز برونٹھے بیبیٹر مگر
اَمیک دٲیرٕ اوس موجوٗد۔ عام پاٹھۍ اوس یہٕ زبانۍ ہنٛد ماحول سرینگرٕ تہٕ قصبن
منٛز خاصکر متوسط درجہٕ کین گرن منٛز نظرِ گژھان۔ مگر اَمہِ پتہٕ چھُ ودنی بہٕ
روٗحجان عام گرن منٛز تہٕ لبنہٕ یوان تہٕ بہٕ عمل چھُ لگاتار جٲری۔ اگر اتھ رجحانس
پیٹھ لاکم آیہٕ نہٕ چارنہٕ اَسہِ گژھو مستقبلس منٛز اکہٕ بجہٕ لفظ سمپدایہٕ نِشہٕ محروم
مایگریشنہٕ پتہٕ آیہٕ الگ الگ علاقن ہنٛدۍ کاشر بولن والۍ اکھ
اَکی ہنٛدِس رٲبطس منٛز۔ اَمہِ سٕتۍ پیو اکھ ہنٛد علاقہٕ کِہ تلفظک سرٕ لہرک

زبانٕ ہِنٛدی نہٕ رٕپ۔ اکھ گوشہٕ رٕپ یُس کٲشُر زبانٕ ہُنٛد ہرم پرایہٕ ہُنٛدٕ رٕپ چھُ تہٕ اتھ منٛز چھُ سنسکرت، فارسی، عربی، زبانن ہِنٛدی تت سم تہٕ تدبھو رٕپ میلان۔ دوٚیم گوشہٕ رٕپ یتھ انگریزی ہِنٛدی اردو کین لفظن ہُنٛز برٕنزی چھے۔ خاکہٕ ستۍ ہیکو کھ زبانٕ ہُنٛز یمہٕ زٕ حیثیژٕ یتھٕ پٲٹھۍ زانِتھ۔

خاکہ نمبر 1

کٲشُر زبانٕ ہُنٛد سُہ

رٕپ یتھ منٛز ہرم پرایہٕ ہِنٛدی

لفظ اِستعمال چھِ یوان کرنہٕ۔

خاکہ نمبر ۲

کٲشُر زبانٕ ہُنٛد سُہ

رٕپ یتھ منٛز انگریزی ہِنٛدی اۆردو

لفظن ہُنٛد کٲفی اِستعمال چھُ سپدان

وقتٕچ ضرورتھ چھے زٕ یمن دۄن حیثیژن گژھ assimilation

سپدُن۔ اُمیک مطلب گوو یہٕ تہِ انگریزی لفظ گژھن اِستعمال سپدنۍ یمن ہُنٛز پٔزی

پٲٹھۍ چھے اسہِ کٲنٛی باسان۔ لفظن ہُنٛز یہٕ حیثیتھ ہیکون یتھ پٲٹھۍ سمجِتھ:—

خاکہ نمبر1

کٲشُر زبانٕ ہُنٛد سُہ رٕپ یتھ منٛز

صرف ہرم پرایہٕ ہِنٛدی لفظ چھِ اِستعمال

کرنہٕ یوان۔

خاکہ نمبر۲

کٲشُر زبانٕ ہُنٛد سُہ رٕپ یتھ منٛز

انگریزی، ہِندی اۆردو لفظن ہُنٛد

چھُ کٲفی اِستعمال سپدان۔

کٲشِرِ خاطرٕ دیوناگری لِپی معیٲری بناونہٕ باپتھ تہٕ چھی اِمتیٲزی نِشانہٕ مُقرر کرنہٕ یِتھ۔

یِتھ مقالس منٛز یِم ٹیکنیکی لفظ ورتاوس منٛز چھِ اَنہٕ آمتی تِہنٛد فہرست چھِ یِتھ پأٹھی :-

| کٲشُر بدل | انگریزی |
| --- | --- |
| تقابلی لِسانیات | Comperative Lingvistics |
| اِمتیٲزی نِشانہٕ | Diacritical Marks |
| اِستقاقیات | Etymology |
| گرٛامرُک ضبط | Grammatical discipline- |
| تواریخی لسانیات | Historical Lingvistics |
| ہِنٛد آریأیی پرِوار | Indo-Europeon family |
| سُر لہر | Intonation |
| زبان 1 زبان ۲ | Lang. 1, 2 |
| زبانٕ ہُنٛد پرِوار | Language family |
| لفظ سمپدا (لفظی سرمایہ) | Lexicon |
| مُستعار لفظ | Loaned word |

intronation ُتہ بولن والین لفظن ہُنٛد اثر۔ سری نگرُک تلفُظ چھُ کامراز تہٕ مرازکین بولن والین مُتاثر کران۔ یتھے پأٹھۍ ہیکہِ سری نگرُک کأشُر بولن وول تہٕ مراز تہٕ کامرازکہ تلفُظہ ستۍ اثر انداز گژھتھ۔ یم اثراتھ ہیکن تھرونٛھ کُن نظرِ گژھتھ۔ یہ ہیٚکہٕ تھ ہیکون یمہٕ خاکہٕ ستۍ سمجھتھ۔




مراز (کأشُر) ییٚتھ سرینگرُک کأشُر چھُ مُتاثر کران۔

کامراز کأشُر) ییٚتھ سرینگرُک کأشُر چھُ مُتاثر کران۔

یمہٕ تجزیہ پتہٕ چھےٚ کأشرِ زبأنۍ مُتلق کیٚنٛہہ کتھ صاف گژھان۔ بٔڑ کتھ چھےٚ زِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدین الگ الگ گوشن پیٹھ خاصکرِتھ مایگریشن ، (migration) کأشرس پیٹھ چھےٚ قومی سطحس پیٹھ سیمنار کرناوُن ضرورتھ یم سیمنار گژھن Result oriented آسنۍ تہٕ یم نتیجہٕ ین اخذ کرنہٕ تتھ پیٹھ گژھ فوری عمل سپدُن۔ کأشرِ زبأنۍ چھےٚ Language planning کرناوٕنۍ ضرورتھ۔ اَمہٕ ستۍ ہیٚکہٕ

Publications Jammu.

हिन्दी - संस्कृत

5. उनाल, प्रीत सिंह (डॉ) - हिन्दी में देशज शब्द नेशनल पब्लिशिंग हा- उस दिल्ली।

6. यास्क ——— निरुक्त चौखंबा संस्कृत प्रति- ष्ठान वाराणसी।

7. वर्मा धीरेंद्र (डॉ०) - हिन्दी भाषा का इति- हास हिन्दुस्तानी एकेडमी इलाहाबाद - 1973.

8. शर्मा पंडित श्रीराम - संपा० ऋग्वेद संस्कृति संस्थान बरेली उत्तर प्रदेश.

| | |
|---|---|
| Mother Tongue (MT) | ماجِہ زیو |
| Nature of the languge | زبانٕہ ہٕنٛز پٔژرکھ |
| Source language | موٗلادار زبان |
| uncontrolled atmosphere | بےٚ ضبط ماحول |

## کِتابَن ہُنٛد حوالہٕ:۔


1. Bloomfield L — The lanuage India 1965.
2. Fishman J. A. (Editor) — Readings in the soc- iology of lanuage — Mounton & co N.V pub- lishers. The Hague, 1972.
3. Hockett, charles (F) — A course in modern Linguisties the mecam- illan Company New- yark, 1958.
4. Kapoor M.L (Dr.) — Kingdom of kashmir. Kashmir history Pub-

پتہٕ تِس صدارتی تقریرِ منٛز کوٚر صاحبِ صدر موتی لال کیموٗ صابن تمام
ممبرن ہُنٛد سُہ صدر منتخب کرنس پېٹھ شُکریہ ادا۔ تِمو کوٚر سابقہ ورکنگ
کمیٹی ہٕنٛد سابقہ صدر ڈاکٹر رتن لال شانتن تہٕ سابقہ سیکریٹری رتن لال
جوہر صابن خصوصی طور ذِکر تہٕ ووٚنکھ زِ یِہنٛدو زبردست کوششو سٍتۍ
بنوو سمیتی ییٚن اکھ خاص مقام۔ سٍتی سر کتابی سِلسِلکۍ ژور اہم نمبر
چھاپ کرناونس منٛز لوسہِ یِمو محنت کٔر سو چھےٚ تھکنٕی لایق۔ یہ چھُس ییٚن
ییٚنہِ طرفہٕ تہٕ سارِنٕے ممبرن ہٕنٛد طرفہٕ امہِ باپتھ مبارک باد تہٕ دِوان تہٕ
شُکریہ تہٕ ادا کران۔

ادارٕ

# سمپرتی

سنہٕ ۂساس تہٕ شوٗرٕ گژھنس پتہٕ ستی آو سمپرتی ہنٛد الیکشن کرناونہٕ یتھ منز اَمہٕ کیو تمام بنیادی ممبرو سرگرمی سان حِصہٕ نیوٚو۔ امہِ انتخابہٕ باپتھ اوس باضابطہ الیکشن آفسر مقرر کرنہٕ آمُت یمہٕ سمپرتی ہنٛدس آیٔنس تحت ساریٖے کاروایی مکمل کرٕتھ نوٚو ورکنگ کمیٹی آیہٕ بارسس یوسہٕ یتھ کٕنہٕ چھےٚ۔

۱۔ شری موتی لال کیمو — صدر

۲۔ ڈاکٹر آر۔ ایل۔ بٹ — نایب صدر

۳۔ ڈاکٹر پریمی رٛومانی — جنرل سیکریٹری

۴۔ ماسٹر جے کِشن مکتوم — خزانچی

۵۔ ڈاکٹر روشن صراف — پبلسٹی سیکریٹری

۶۔ ڈاکٹر ایس۔ این کول۔ میمبر

۷۔ ڈاکٹر ایم۔ کے۔ رینہٕ میمبر

۸۔ شری اومکار ناتھ بٹ کھٔماری۔ میمبر

# सम्प्रति

'सम्प्रति' का शब्दार्थ है अब, अभी! इस संस्था की स्थापना छः वर्ष पूर्व इसी उद्देश्य से हुई थी की कशमीर से विस्थापित लेखकों (विशेषकर कश्मीरी) के अभी के मसलों के बारे में सोचा जाये। अभी की समस्याएं क्या थीं?यह कि कशमीर में न केवल उनके घर बार छूट गए थे बल्कि उनके अपने छोटे बड़े पुस्तकालय भी रह गए थे। लेखक की सबसे बड़ी संपत्ति उसकी पुस्तकें होती हैं। ज्यों-त्यों करके इन्होंने अपने लिए पुस्तकें जमा की थीं, जिन से अपना रोज़ का मानसिक संतोष प्राप्त करते थे। 1996 में इसी लिए इन लेखकों ने अपने आप को एक मंच पर संगठित किया। पहले केवल संस्कृति प्रतिष्ठान था यह। बाद में कश्मीरी भाषा एवं संस्कृति प्रतिष्ठान बन गया।

अपने अब तक के छः वर्ष के जीवनकाल में इस संगठन ने तीन बड़े दो-दिवसीय अखिल भारतीय लेखक सगोष्ठियाँ तथा सम्मेलन बुलाए। इन में से एक में जम्मू कश्मीर संस्कृति एकेडेमी ने पुस्तक प्रदर्शनी आयोजित करा के सहयोग दिया। एक और अर्थात 'नादिम सेमिनार' में इस एकेडेमी के अतिरिक्त पटियाला के NZCC का सहयोग मिला। तीसरे सम्मेलन में सीधा साहित्य अकादेमी के साथ सहयोग रहा। अकादेमी ने तमाम पत्र पाठकों को पारिश्रमिक तथा मानदेय दिया। इस सेमिनार में पहली बार कश्मीर के शीर्षस्थ कश्मीरी लेखक तथा बुद्धि जीवी प्रतिभागी थे। अकादेमी के अतिरिक्त एकेडेमी तथा पटियाला के उत्तर क्षेत्रीय संस्कृति केंद्र का भी सहयोग मिला। कुल मिलाकर यह जम्मू में कश्मीरी लेखकों का अपनी क़िस्म का सबसे बड़ा समागम था। यह कानफ्रेंस 'सम्प्रति' के सिर पर एक बहुमूल्य सेहरा है।

इनके अतिरिक्त 'सम्प्रति' में छोटे पैमाने पर कई स्थानीय सेमिनार हुए। इनमें से एक 'आधुनिक साहित्य' पर हुआ। सेमिनारों में पढ़े गए पत्र किताबी शक्ल में छप कर सामने आ गए हैं। 'सतीसर' श्रृंखला ऐसे ही प्रकाशनों पर आधारित है। आज तक कुल 4 'सतीसर' पुस्तकें प्रकाशित कराई गई हैं- दो विस्थापित पद्य और पद्य पर, एक उपर्युक्त 'आधुनिक साहित्य' पर और एक 'नादिम विशेषांक'। सतीसर की अगली कड़ी उन मुलाकातों पर आधारित होगी, जो 'सम्प्रति' के तत्वावधान में कुछ लब्धप्रतिष्ठ लेखकों के साथ कराई गईं। इन में हरिकृष्ण कौल, अर्जुन देव मजबूर, पुष्कर भान तथा काशीनाथ बागवान हैं। इसके अतिरिक्त छोटी-मोटी साहित्यिक गोष्ठियाँ भी होती रहती हैं जिनके रचनाओं पर अलोचना होती हैं।

'सम्प्रति' के आगामी कार्यक्रमों में कालेज और स्कूल के बच्चों में कश्मीरी में डिबेट तथा लेखन प्रतियोगिताएँ कराना शामिल है, ताकि हमारी आगामी पीढ़ियाँ अपनी मातृभाषा से प्यार करना सीखें। कश्मीरी न बुलवा कर बच्चों को मातृभाषा से वंचित करने की प्रवृत्ति बढ़ रही है जो एक दुखद बात है। लेखकों की पुस्तकें भी तभी पढ़ी जाएंगी जब नए लोगों में इस भाषा को (भले ही देवनागरी लिपि में) पढ़ने की प्रवृत्ति बढ़े।